(جموں وکشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہ نصابہ مطابق)

# بامن



## کاشر کتاب

اٹھمہِ جماعژ باپتھ کاشُر گائیڈ


مولفین : گلزار احمد راتھر (ایم-اے-کشمیری-ایم فل-ایم ایڈ-)
ڈاکٹر شفقت الطاف (ایم-اے-کشمیری-پی ایچ ڈی-بی ایڈ-)

نگران : غلام نبی آتش


پیس پبلیکیشنز

# بامن

## اِتھمہِ جماعژ باپتھ کاشُر گائیڈ

(جموں وکشمیر سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہ نصابہِ مطأبق)

یتھ گائیڈس منز
۱/ سوالن ہنْدی جواب۔
۲/ سبقن ہنْدی خلاصہِ۔
۳/ مُشکل لفظن ہنْدی معنے۔
۴/ ضروٗری گرامر۔
۵/ شراہ ضروٗری مضمون۔
۶/ کینژہ ضروٗری چِٹھہِ۔
۷/ کینژہ ضروٗری درخواست۔


نگران : غلام نبی آتش

مولفین : گلزار احمد راتھر
(ایم-اے-کشمیری-ایم فل-ایم ایڈ-)

ڈاکٹر شفقت الطاف
(ایم-اے-کشمیری-پی ایچ ڈی-بی ایڈ-)


چیپس پبلیکیشنز دریا گنج دہلی

کتابہٕ ہُنٛد ناو : بامن (اَٹھمہِ جماعژ باپتھ کاشُر گائیڈ)

مولفین : ڈاکٹر شفقت الطاف، گلزار احمد راتھر

نگران : غلام نبی آتش

چھپن وٕری : ۲۰۰۹ء

کمپیوٹر کمپوزیشن : محمد یوسف میر۔ مس ممتازہ۔ (گلشن آباد) حیدر پورہ

سرینگر کمپیوٹرس

ناشِر : پیس پبلیکیشنز دریا گنج دہلی ۲

اپیل ویلی بکس

گونی کھن امیرا کدل سرینگر کشمیر

فون نمبر 2451705, 2455289

# فہرست

# گوڈٕ کتھ

أٹھمہِ جمأژ ہنٛزِ کأشرِ نصأبی کتابہِ خأطرٕ گائیڈ تیار کرنس چھ زٕ مقصد۔ اکھ یہ زِ پرناون وأٲلۍ ہیکن ضرور تھ پننس پٔڑھ فأیدٕ تُلتھ۔ دوٚیم زِ طألبِ علمن سپدِ مُنأسِب رہنمأیی۔ أکس وٕرِیس دوران کوٚر اسہِ محسوس زِ طألبِ علم تہٕ ووستاد روٗدی اکہِ جان گائیڈٕکس تلاشس منٛز۔ اختتے کوٚر وارِیہو اسہِ امہِ باپتھ مُطالبہٕ تہٕ۔ ضروٗرتھ نظرِ تل تھأوِتھ دِیت اسہِ یہ گائیڈ نصأبی کِتابہِ ہنٛدِ موادٕ مطأبق ترتیب۔ پرٛتھ کُنہِ سبقُک موخصر خُلاصہ دِنہٕ پتہٕ کٔرتمن ہُر یمانہٕ مُشکل لفظن ہنٛز وبٕچھنے درج یمن ہنٛز وضاحت نصأبی کتابہِ منٛز کرنہٕ چھنہٕ آمٕژ۔ یتھہِ پأٹھۍ گیہِ طألبِ علمن تہٕ ووستادن باپتھ اکھ سہوٗلیت مہیا۔ گرأمر چھُ نصأبی ضروٗرژ مطأبقے دِنہٕ آمُت۔ سوالن ہنٛدۍ جواب یوٚ دوَے موخصر چھِ مگر سہل زبأنۍ منٛز چھِ دِنہٕ آمٕتۍ۔ چِٹھہِ مضموٗن تہٕ درخواست واجینٕہِ باگیہِ روزن بہرحال طألبِ علمن ہنٛدِ باپتھ فأیدٕ مند۔ اسہِ چھےٚ ووميد زِ یہ گائیڈ روزِ طألبِ علمن نصأبی کتابہِ ہُنٛد مواد سمجھنس تہٕ سٕمجھتھ مطلوبہٕ طریقو جواب تحریر کرنس منٛز وارِیاہ مددگار۔

(مولفین)

(1)

# دُعا

سبقُک خُلاصہٕ :- یَتھ نظمہِ منٛز چھُ اکھ معصوم شُر خدا صأبس دُعا منگان۔ شُر چھُ منٛگان ہمالُک ہیوٚ تھز رتہٕ سمندرُک ہیوٚ سنبر ۔ سُہ چھُ رُت ِکردار منٛگان۔ دپان چھُ سأری ہے وأنٛسہِ گوٚژھِم بہار قأیِم روزُن۔ خدا صأب گوٚژھِم صداقتس پیٹھ پکناوُن۔ میون دُعا گوٚژھ قبوٗل سپدُن۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| سوٗخن | : | کتھ۔ کلام |
| شَر | : | اِذا۔ تکلیف |
| ماگ | : | نومبر رٮ۪تھ۔ سردی ہُنٛد موسم |
| گُفتار | : | کتھ باتھ |
| چلن | : | طریقہٕ |
| ڈٲے | : | مہربان |
| شوٗزر | : | شوٚد آسُن۔ رلہٕ ورأے |

## 2۔ جواب لیکھِو؟

ا۔ شاعر کتھِ بہارِ خاطرِ چھُ دُعا منگان؟

جواب: شاعر چھُ تتھِ بہارِ خاطرِ دُعا منگان یُس ہمیشہِ قایم روزِ۔

۲۔ پژھِ مس شعرس منز کتھِ کردارِ خاطرِ چھُ آمت دُعا منگنہِ؟

جواب: اَتھ شعرس منز چھُ شُر تتھِ کردارِ باپتھ دُعا منگان ییمی سُند دِل، زیو، پکُن ٹکُن، پزرس تہٕ ایماندآری پیٹھ داروِمدار آسن تھاوان۔

۳۔ دُعا منکن وول کیُتھ سنبر تہٕ تھزر چھُ منگان؟

جواب: دُعا منکن وول چھُ سمندرُک ہیوٗ سنبر تہٕ ہمالیہ بالُک ہیوٗ تھزر منگان۔



(2)

# دِدٕ رأنی

سبقُک خلاصہٕ :- کھیم گُپت اوس 950ء منز کشیرِ ہُنٛد راز بنیومُت۔ دِدٕ رأنی اوس تسنٛزِ آشِینہِ ناو۔ أمِس چھِ رانی دِدا تہٕ ونان۔ سو أس لوہر کوٹ کِس راز سنگرا ج سنٛز کوٗر۔ کھیم گُپت سنٛدِ ونہٕ پتہٕ بیٛہنو دِدٕ رانہِ پٔنُن نابالیغ نیٛچو ابھمینو تختس تہٕ پانہٕ لٔج حکوٗمت کرنہِ۔ دِدٕ رأنی أس دِلیر تہٕ ہِمتہٕ واجیٛنٛژ۔ دِدٕ رانہِ کوٗر اَردٕہن ؤرِین، ژون رہتن تہٕ ژورن دوہن راج۔ گوڈٕ گوڈٕ أس سو سنگدل مگر پتہٕ لٔج مذہبی کامہِ کرنہِ۔ تمہِ بنأوی واریاہ نٔوی مندر۔ نٔوی گام بسأوِن تہٕ دُشمنن دِژٕن شِکس۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| زُری | : | نیٛچہٕ وہن تہٕ کورہن ہنٛدی شُری۔ |
| لورِدستار | : | اختیارٕ ورأے۔ ٹٔلی حأکمی۔ |
| کانہِ کٕیٛل روزُن | : | ملالہٕ روزُن۔ أندری ژوٕکنی۔ |
| رازُت | : | بادشأہی |

اُچھ منز کِٹر روزُن: کھرُن۔ کأنسہِ ہُنٛد نہٕ برداشت کرُن۔

ژوٕ یہِ کرنہِ : پوٗت پتانہٕ مخالفت کرنہٕ باپتھ منصوبہٕ بناوٕنۍ

بُتھۍ پھیٖر گژھُن: بغاوت کرٕنۍ۔ بُتھِس پیٹھ انکار کرُن۔

دوٕپُن دلأزی : دوناکھہٕ بأزی۔ اَکِس اَکھ کتھ تہٕ بێیِس

بیاکھ کتھ وَنتھ پنُن مقصد کڈُن۔

یَیل اٮ۪نۍ : قوٗبوٗ کرٕنۍ۔

رَتِس رٕکنہِ کرنہِ : اَکھ اَکی ہنٛدِس خوٗنس زاگُن۔

کاپہٕ اُنُن : قوٗبوٗ کرُن۔

ہنگلدار : کھڈٕ پنٛچھ ۔ حأکم

فسادٕ : فِتنہٕ۔ لڑأے

## 2۔ جواب لیٖکھِو۔

ا۔ راز کھیم گُپتس کُس بوٗڈ عأب اوس؟

جواب: راز کھیم گُپتس اوس یہِ بوٗڈ عأب زِ سُہ اوس پرٕتھ کأنسہِ ہنٛزن کتھن پیٹھ سوٗنچنہٕ سرٕنہٕ ورأی عمل کران۔

۲۔ راز کھیم گُپت کمہِ بمارِ سٟتۍ موٗد؟

جواب: راز کھیم گُپت موٗد ہوٗلہٕ بُج بمارِ سٟتۍ۔

۳۔ دبد رانہِ کیاز پیوٚ وحکوٗمتک کاٗم کار پانہٕ چلاوُن؟

جواب: راز کھیم گُپت سِنٛدِ مرنہٕ وقتہٕ اوس مُلکس منٛز فساد۔ حالات اٲسی خراب۔ کھیم گُپت تہٕ دبد رانہٕ ہُنٛد نیٚچُو اَبھمینو اوس نابالیغ۔ سُہ اوس نہٕ حکومُت کرنس لایق۔ اوٚ موکھہِ تھوٚو دبد رانہٕ پنٛنِس نیٚچُو لورِدستاراہیوٚ تختس پیٹھ تہٕ پانہٕ چلووُن حکوٗمتک کاٗم کار۔

۴۔ دبد رانہِ کیا کوٚر حکوٗمت بچاونہٕ خاطرٕ؟

جواب: دبد رانہِ رٹی فسادکرن واٲلی کاپہٕ۔ بغاوت دباوٕن۔ دُشمن برِن جیل۔ اَمُن کوٚرُن قایم، یتھہِ پاٹھی بچاوٕن حکوٗمت۔

۵۔ اٰخری وٕرین منٛز کمہٕ رٕژٕ کامہٕ کرِ دبد رانہٕ؟

جواب: اٰخری وٕرین منٛز کرِ دبد رانہِ لوٗکن ہٮ۪نٛزٕ بجاٰیِلی باپتھ کامہٕ۔ سنگدِ لی ترأوِتھ دِیتِن مذہبی کامن کُن توجہ۔ نوٕی مندر تہٕ نوِ لرِ کرِن تعمیر۔ مُسافرن باپتھ بناوِن سَرایہٕ۔

۶۔ دبد رانہِ کُس ژور تہٕ کتھہِ ژور پنٛنُن وٕلی عہد؟

جواب: دبد رانہِ ژور پنٛنُن اکھ باپتھر سنگرام راج وٕلی عہد۔ تٔمی اٰنی پنٛنٕ ساری باپتھر پانس بروٚنٛہہ کُن۔ تمن بروٚنٛہہ کنہِ چھکرِن ژوٚنٛڈھی۔ ساری لگی ژوٚنٛڈھن پیٹھ پانہٕ واٲنی ژوٗنہٕ۔ سنگرام راج لوٚگ

سارِنے ہِنٛدی ژوٚٹھی وَٹنہٕ۔ دِبہٕ رانہِ بَاسیوٚو سُہ عقلمند تہٕ ژوٗرن
پٔنُن وٗلی عہد۔

3۔ محاورن لیکِھو معنی تہٕ کٔریوکھ پننہٕ نِن جُملن منٛز استعمال؟

| محاورٕ | معنی | جُملہٕ |
|---|---|---|
| لور آسُن | کُنہِ چیزس پیٹھ آسُن۔ کُنہِ چیزس منٛز دِلچسپی آسٕنۍ | رِتی شُری چھِنہٕ ناکارٕ کامَن لور آسان۔ |
| سونہٕ سأوۍ کرُن | دولت پُشراونۍ۔ امیر بناوُن | بادشاہن کٔری نوکر سونہٕ سأوۍ۔ |
| کأنٛزس گگر پھٹٕنۍ | اختلاف گژھُن۔ نیایے ووتھُن۔ | کمیٹی والین پھٹ کأنٛزس گگر تہٕ کمیٹیہ گیہ چھلنہٕ۔ |
| ییٚل اَنُن | قوبوٗ کرُن | ہاپت وأرِی چھُ بوٚڈ ہاپُت ییٚل اوٚنمُت۔ |
| کن برٕنۍ | کأنٛسہِ ہنٛز مُخالفت کأنٛسہِ نِش کرٕنۍ۔ منافقت | افسرس چھِ چپرأسس خلاف کٔرِ تام کن بٔرۍ متی۔ |
| کانہِ کٔتیٚل روزُن | ملالہٕ تہٕ عداوت روزُن۔ أندرۍ ژوٚکنۍ | دِبہٕ رانہِ روٗد مرنس تام دُشمنن ہُنٛد کانہِ کٔتیٚل۔ |

| | | |
|---|---|---|
| کاڈِن ہر ہر گژھُن | شرارت کھسُن۔ گھمنڈ گژھُن | ژے چھے نا حقہٕ کاڈِن ہر ہر گژھان۔ |
| زسمہٕ ہیٚناونہٕ | شکس دِتھ کمزور کرُن۔ | دبد رانہٕ ہیٚناوِ سارِنے دُشمنن زسمہٕ |
| أچھ منز کٹُر | کھرُن | ہیڈ کلارکس چھُہ دوٚیم کلارک أچھ منز کٹُر باسان۔ |

4۔ خألی جایہِ برِو، بوٗنہٕ کنہِ دِنہٕ آمتو شخصہٕ اِشارٕ ناوِتوٕ ستی؟

بہٕ آس — أسی آیہٕ

ژٕ آکھ — تۄہیٚ آیِو

سُہ آو — تِم آیہٕ

ہُہ آو — ہم آیہٕ

مےٚ کھیوٚو بتہٕ — اَسہِ کھیوٚو بتہٕ

(اَسہِ ۔ تِم ۔ ہُم)

5۔ ''کاشُل چھےٚ جگرِچ بیمأری'' یتھے پأٹھی برِو خألی جایہٕ؟

ا۔ اَتَم روز — چھےٚ أندرمن ہنز بیمأری۔

۲۔ میوٚند — چھےٚ ژمہِ ہنز بیمأری۔

۳۔ ژاس — چھےٚ سینہٕچ بیمأری۔

| | |
|---|---|
| ۴۔ سِلہٕ | چھےٚ شوٗپچ بِماری۔ |
| ۵۔ اَنیوٗ | چھےٚ اَچھن ہٕنز بِماری۔ |

(انیوٗ ۔ ژاس ۔ اَنٛتم روز ۔ میوٗند ۔ سِلہٕ)

**6۔ نرناوِتَن مقابلہٕ لیکھِو مادٕ ناوِتی؟**

| نر ناوُت | مادٕ ناوُت | نر ناوُت | مادٕ ناوُت |
|---|---|---|---|
| کٕٹھ | گٲب | گُجر | گُجرٲنۍ |
| دانٛد | گاو | بطُخ | بطٕچ |
| ہاپُت | ہاپٕژ | گوُگل | گوٗگٕج |
| شال | شاج | کوُکُر | کوٕکر |
| کرٛال | کرٲج | لوُکُٹ | لوٕکٕٹ |
| سائُر | سال | پٹھان | پٹھانۍ |
| کانٛدُر | کانٛدرٕنۍ | راز | رٲنۍ |
| زامٕتُر | کوٗر | سوٗن | سٔنۍ |
| نوکر | نوکرٲنۍ | نوٗن | نٔنۍ |
| گرٛیٹہٕ وول | گرٛیٹہٕ واجێنۍ | موقدم | موقدم بابے |
| سِکھ | سِکھیانۍ | ژھاوُل | ژھاوٕج |
| خاندار | خاندارٕنۍ | گوُل | گٔج |

| | | | |
|---|---|---|---|
| پادشاہ | پادشاہ بائے | ہۆل | ہٲج |
| پوٗشز | پٔشز | مام | ماٲمۍ |
| موول | موج | بُڈی بب | نانۍ |

نوٹ:(ا) نومن نر ناوِتین چِھیٖ نہٕ مقابلس منٛز ماد ناوِتی۔ بُلبُل۔ پوشِر۔ طوطہٕ۔مُہُر۔

(ب) نومن ماد ناوِتین چِھیٖ نہٕ مقابلس منٛز نر ناوِتی۔ کٔتج۔ اَل۔ مُچھ۔ٹِلر۔ہأر۔کُلِۍ دَدٕر۔کُکِل۔

**7۔ بوٚنہٕ کنہِ درٕج ناوِتی گٔرِوتِتھٕ پأٹھۍ جُملن منٛز اِستعمال یِتھٕ کٔرِ**

فِکرِ ترِ زِ کُس ناوُت چھُ مادٕ تہٕ کُس چھُ نَر معینس منٛز ورتاونہٕ یِوان؟

| ناوُت | جُملہٕ | جِنس |
|---|---|---|
| کِتاب | میأنۍ کتاب چھےٚ میزس پیٹھ | مادٕ ناوُت |
| رٕوپھ | سون چھُ درٚوگ تہٕ روپھ چھُ سرٚوگ | نَر ناوُت |
| أر | أر چھُ ہوٚتمُت۔ | نَر ناوُت |
| کُکِل | کُکِل چھےٚ کران گُگوٚ گوٚ | مادٕ ناوُت |
| ٹھوٗل | ٹھوٗل چھُ وارِیاہ سرٚوگ | نَر ناوُت |

نوٗٹ　یہِ نوٗٹ چھُ زیادے خوش یوٗن　نرناوُت

ناگ　یتھ گامس منز چھِنہٕ اکھ ناگ تہٕ وُزان　نرناوُت

ژوٗنٹھ　ژوٗنٹھ چھُ ووزُل　نرناوُت

ووڈُر　ووڈُر چھُ آبی حیوان　نرناوُت

روٗد　ییتہٕ چھُ راتہٕ پیٹھٕ روٗد پیوان　نرناوُت

ہاکھ　ہاکھ چھُ وارٕن منز ووپدان　نرناوُت

وَن　وَن چھُ جانورن تہٕ جاناوارن ہُنٛد مالیٖن　نرناوُت

ہولہٕ بچ　نِکس چھِنہٕ وُنہِ ہولہٕ بچ دژاہرٕ　مادٕ ناوُت

نوٗل　نوٗل چھُ گالان گگرن موٗل　نرناوُت

واُر　سأنۍ واُر چھےٚ سبزِ یوٚس تیٚ جیلان　مادٕ ناوُت

ژونگ　ژونگ چھُ وُنہِ دزان　نرناوُت



(3)

# اولۄدگی

سبقُک خُلاصہٕ: اولۄدگی گۆ وشۆ زر تہٕ صفأیی راو راوٕنکی سامانہٕ بناوٕنی۔
صاف آبس منز ییلہِ گرن ہُند بدرو، ژھوٹھ تہٕ ژھیٚٹھ رلان چھُ، سُہ چھنہٕ صاف روزان بلکہِ اولودٕ گژھان، تِتھے پاٹھی چھُ شور تہٕ کرٕکہٕ نادتہِ ماحولس اولودٕ کران۔ کارخانو منزٕ نیرن وول دٕہہ تہِ چھُ ماحولس منز اولۄدگی ہُراوان۔ قودرتن چھُ یہِ دُنیا زُو ذأژن ہِنٛدِ روزنہٕ باپتھ شۆدتہٕ شۆژ بنوومُت مگر انسان چھُ اَتھ اولودٕ کرنہٕ ستی پننہِ تہٕ باقےٚ زُو ذأژن ہِنٛدِ باپتھ تبأہی ہِنٛدی سامانہٕ کران۔ ماحولس منز گژھِ نہٕ اولۄدٕگی پأدٕ کرٕنی۔
ماحول گژھِ ہمیشہِ صاف تھاوُن۔ ژھوٹھ، لژھ، پلاسٹکٕکی پھٹٕ متی چیز تہٕ موم جامہٕ ٹھیلہِ گژھن زٕمینس تَل دوٗبراوٕنی۔ ایٹمی تجربن پیٹھ گژھِ ٹھاکھ لاگنہٕ یُن۔ ونن تہٕ کُلن گژھِ رأچھ کرٕنی۔

ا۔لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| ٹٕس ٹٕس | : | گاڈٕ ہن ہِنٛزِ ہارنہِ ہِنٛز آواز۔ |
| گرٕبز | : | کرٕکہٕ ناد، واریاہ شور |
| چھانُن | : | چھأنِتھ صاف کرُن۔ |

آسائش : - آرام۔ سہولیت۔

رنگہٕ رنگہٕ : - قسمہٕ قسمہٕ - پرٛتھ طریقہٕ۔

غلاظتھ : گنٛدگی

دوار : نقصان

ٹھاکھ : - ٹھوٚر۔ پابندی

## 2۔ جواب لیکھو؟

کرنکہٕ ناد کیازِ چھُ مُضر؟

جواب: کرٛنکہٕ نادٕ ستی چھُ کنوٕ ستی بوزنٕکس طاقتس تہٕ دِلچہٕ دُبرایہ پیٹھ ناکارٕ اثر پیوان۔

۲۔ شورس منٛز کمو چیزوٕ ستی چھُ ہُر بر سپدان؟

جواب: گاڑِ، ریڈیو، ریلہٕ، ٹیلی وِجن، جہازٕ، ٹیپ رکارڈ تہٕ کارخانہٕ بیترِ چیزن ہنٛز وتھرٕ واوازو تہٕ ٹھسر اروٕ ستی چھُ شورس منٛز ہُر بر سپدان۔

۳۔ ہوا کتھہٕ کٔنی چھُ اولوٗدٕ سپدان؟

جواب: گاڑٕن، ریلن تہٕ کارخانن منٛز پأدٕ گژھن والہ دہہٕ ستی چھُ ہوا اولودٕ گژھان۔

۴۔ آب کتھہٕ کٔنی چھُ اولوٗدٕ سپدان؟

جواب: ژھوٚکھہٕ گنٛد تہٕ غلاظتھ، موم جامہٕ گرن تہٕ ہسپتالن ہُنٛد بدرو

کوٗلن تہٕ دٔریاون منٛز دأرِتھ دِنہٕ ستٟ چھُ آب اوٗلوٗد گژھان۔

۵۔ اولوٗدگی کم کرنہٕ خاطر کیا پزِ کرُن؟

جواب: اولوٗدگی کم کرنہٕ خاطر پزِ اوٚنٛد پوٚکھ صاف تھاوُن۔ جنگل پزن بچاوٕنۍ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کُلۍ پزن نوٚو واوٕنۍ۔ ژھوٚکھ غلاظتھ تہٕ موم جامہٕ گژھن نہٕ آبس منٛز دأرِتھ دِنۍ، یِم چیز گژھن زمینس تل دوٚبراوٕنۍ۔ موم جامہٕ ٹھیلو بدلہٕ گژھن کپر وتہٕ کاغذٕ و ٹھیلہٕ استعمال کرٕنۍ۔ کارخانو تہٕ گاڈو منٛز نیرن وول شور تہٕ دٕہہ گژھِ نوو سائنسی طریقو ستٟ کم کرنہٕ یِن۔

3۔ بوٚنہٕ کنہِ دِنہٕ آمتو جُملو منٛز ژأرِو یِمن لفظن ہنٛدۍ مُتضاد؟

(توٚلہٕ مُت۔ شوٚد۔ زامُت۔ چھاوٕ آمُت۔ پُرِنہٕ)

| جُملو منٛز دِنہٕ آمتین لفظن ہنٛدۍ متضاد | دِنہٕ آمتۍ لفظ | جُملہٕ |
|---|---|---|
| اوم | زامُت | ۱۔ شُری أزبکھ نہٕ اوم دوٗد چاوناوان |
| اچھوو | چھاوٕ آمُت | ۲۔ ژٕ کیازِ چھُکھہ اَچھوو بتہٕ کھیوان |
| جاہِل | پُرِنہٕ | ۳۔ جاہِل انسان چھُنہٕ گاٹُل آسان |
| اَشوٚد | شوٚد | ۴۔ اَشوٚد سنٛڈۍ جِہ تیل چھُ صحتہٕ باپتھ مُضر۔ |

| ۵۔ اتۆل مصالہٕ دِزِ دُکاندارس واپس۔ | تولہٕ مُت | اتۆل |
|---|---|---|

4۔ دِنہٕ آمتیو اِشارٕ ناوِ تھو ہتۍ بُرِو خأ لی جایہٕ؟

(یم۔ سأنؠ۔ پرٛتھ کانٛہہ۔ پرٛتھ کأنٛسہِ۔ ہرکأنٛسہِ۔ کُمس۔ سُہ۔ اوس۔ یُس۔ تیمِس۔ سُہ)

ا۔ پرٛتھ کانٛہہ اوس سبق یاد کران۔

۲۔ ژےٚ کُمس رِکھ أنِتھ کتاب؟

۳۔ انسانن کوٚر ہرکانٛہہ شۆد چیز اولودٕ۔

۴۔ تم تِمس ژھاران أسۍ سُہ آکھ نہٕ وُنہِ تہٕ اتھہِ۔

۵۔ سُہ أر اوس ہوٚتمُت یُس بوبن دِژاو۔

٦۔ ماحولچ اولوٗدگی ہُرنہٕ ہتۍ چھُ پرٛتھ کأنٛسہِ نقصان۔

۷۔ یم چھِ سأنؠ ژوٗنٛٹھۍ باغ۔

5۔ ستَن ستَن جُملن منٛز لیکھِو جواب؟

ا۔ آب کیازِ گژھِ صاف آسُن؟

جواب: ا۔ صاف آب چینہٕ ستۍ چھنہٕ زُوذأژ بیمارِ گژھان۔

۲۔ صاف آبس منٛز چھےٚ أبی زُوذأژ زِندٕ روٗزِتھ ہیکانٕ۔

۳۔ صاف آب چھُ ماحول ڈنجہٕ تھاوان۔

۴۔ صحت مند روزنہٕ باپتھ چھُ صاف آب استعمال کرُن ضرٕوری۔

۵۔ گنٛدٕ آبس منٛز چھِ جراثیم آسان، یِم پرٛتھ رنگہٕ مُضر چھِ۔

۶۔ ناصاف آبہٕ ستۍ پلو چھلنہٕ تہٕ سرٛان کرُن چھُ وارِیاہ مُضر۔

۷۔ آب گژھِ صاف آسُن تِکیازِ یہِ چھُ زندگی باپتھ ضرٕوری۔

## 6۔ ہوا کیازِ گژھِ صاف آسُن؟

جواب: ۱۔ صاف ہوا چھُ تمام زُو ذأژن زِندٕ تھاوان۔

۲۔ صاف ہوا ستۍ چھُ صحت ٹھیکھ روزان۔

۳۔ صاف ہوا ستۍ چھُ ماحولُک توازُن ڈنٛجہٕ روزان۔

۴۔ صاف ہوا چھُ جانٕ فصلِ وٕ پیداوِنس منٛز مدد کران۔

۵۔ ناصاف ہوا چھُ زندگی باپتھ مُضر۔

۶۔ صاف ہوا ستۍ چھُ انسان تازٕگی محسوس کران۔

۷۔ صاف ہوا چھُ خوش کران۔

## 7۔ یِمو جُملو منٛز ژأرِو کراوِتۍ؟

۱۔ اولٕو دگی چھےٚ ہُران۔ ہُران

۲۔ مامہٕ راج چھُ کتاب پرٛان پرٛان

۳۔ مےٚ کوٚر بأتھ یاد۔ کوٚر

۴۔ أسۍ گرٛھو کاٗلۍ کبتھ ماتامال گرٛھو

۵۔ سُہ واتہِ سُلی واتہِ

۶۔ شُرۍ چھہِ گِنداں گنداں

## 8۔ خاٗلی جایہِ بٔرِو؟

۱۔ پرٕ + گی = پرٕگی

۲۔ اولٕو د + گی = اولٕودگی

۳۔ ساد + گی = سادٕگی

۴۔ واز + گی = وازٕگی

۵۔ تا زٕ + گی = تازٕگی

۶۔ سرٕ + گی = سرٕگی



(4)

# اَن پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشہِ

سبقُک خُلاصہٕ: دپان ''اَن پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشہِ'' چھُ حضرت شیخ العالمؒ سُنٛد دۆپ۔ وَنن منٛز چھِ کُلی آسان یِم وُہری وٕرِیس سبز روزان چھِ۔ کُلی چھِ رُوٗد موٗلو کٕنی پاٗنس اندر شرٛ پراوان۔ اَمہِ سٟتی چھُنہٕ زٕمینک پیٹھِم تہہ رُڑٕ گژھان۔ رُوٗدِ ووٗنی چھُ زٕمینس اندر محفوٗظ روزان۔ رہتہٕ کالہِ ییلہِ سگہِ وانٛج کٕمی چھےٚ گژھان تہٕ زٕمیندٲری خٲطرٕ چھُ سٹھاہ آب حاجتھ پیوان۔ زٕمینہٕ تلُک آب چھُ کوٗلن تہٕ ناگن ہٕنٛدِ آبُک سوٗتھر ڈنٛجہِ تھونس منٛز مدد دِوان تہٕ خشک سالی چھُنہٕ اثر کران۔ وَنن ہٕنٛدی کُلی چھِ سُہلابُک زور کم کرنس منٛز تہِ مدد کران۔ فصل بوونہٕ خٲطرٕ گژھِ آب و ہوا تہِ وَیہِ وُن آسُن۔ کُلی چھِ رُوٗد والہٕ نس منٛز تہِ مدد کران، ہوا صاف کران تہٕ ماحول ڈنٛجہِ تھاوان۔ اَوے چھُ وَننہٕ آمُت یوٚ تام وَن موجوٗد روزن توٚ تام گژھِ نہٕ کھیٚنہٕ چیٚنٛج کٕمی۔

ا۔ لفظہٕ تہٕ معنی:

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| اَنِ | : | کھٮ٘ن |

دۆپ : ونن آمژ دانٲئی ہنٛز کتھ۔

پاتھٕل : سٕنٛز وٲری زٔمین۔ ہموار زٔمین

وَن : جنگل

ارزتھ : دولتھ

زالُن : زالنہٕ ینہٕ وٲلی تم چیز یمو ستی کھین چین رننہٕ پاکنہٕ چھُ یوان۔

سیکیُل : سیکہٕ دار زٔمین

مأزِیُل : زرخیز۔ سبٹھاہ فصل وۄپداوُنس لایق زمین۔

اَنتہٕ استہٕ : وارِ وارِ

پھاٹھ : بنجر۔ سو زٔمین یوس نہٕ فصل وۄپداونس لایق آسہِ۔

چھرۆک : رۆدِ شرٛانہِ

ہُپ : سٕہلاب

پاتھان : حاصِل سپدان۔ بٹھان

سولبہٕ سولبہٕ : واریاہ۔ سبٹھاہ۔

سوی : رچھنہٕ ینہٕ وٲلی۔

رُڈ گرٛھُن : نیرتھ ژُلن۔ تھزِ پیٹھِ زٔمینک وٕستھ یُن۔

گرٛشم : سخ گرٛم تہٕ تاپھ۔

پٔتلی دار : پٔتٕل گۄ وۄنہٕ آمت۔ کُلن ہنٛدی مۄل چھِ اَکھ اَکس پیٹھی تہٕ تٔلی اورٕ یورٕ ولنہٕ تہٕ وُٹھنہٕ یوان، تِمن چھُ پٔتٕل بنان یا ڈلس منٛز چھِ لورِن تہٕ لاٚنگن اورٕ یور رز وونہٕ یوان تہٕ پٔتٕل بناونہٕ یوان۔

## 2۔ جواب لیٚکھِو؟

ا۔ وَنو منٛزٕ کُس کُس فأید دِنہٕ وول چیز چھُ حاصِل سپدان؟

جواب: وَنو منٛزٕ چھےٚ لٔکر حاصل سپدان۔ اتہِ چھےٚ جڑی بوٗٹہِ تہٕ میلان۔ وَنو منٛزٕ چھُ کاغذ، ربَر، گاسہٕ تہٕ زالُن تہٕ حاصِل سپدان۔

۲۔ پأداوار دِنہٕ والہِ زٔمینٛک پیٹھٕ میم تہہ بچاوُن کیازِ چھُ ضروٗری؟

جواب: پأداوار دِنہٕ والہِ زٔمینہٕ کِس پیٹھِ مِس تہٕس منٛز چھُ بیول زیوراوٕ نٕک تہٕ فصل وۄپداوٕنک طاقت آسان، اَوے چھُ یہ تہہ بچاوُن ضروٗری۔ یہ تہہ بنہٕ نَس چھِ ہتہٕ وادٕ ری لگان۔

۳۔ پأداوار دِنہٕ والہِ زٔمینٛک پیٹھٕ میم تہہ رُڈ گرٛھنہٕ نِش بچاونہٕ

باپتھ کیا پزٕ کرُن؟۔

جواب: پأداوار دِنہٕ والہِ زٕمینُک پیٹھُیم تہہ رُڈ گژھنہٕ نِش بچاونہٕ باپتھ پزٕ وَنن رأچھ کرٕنی، بیہ پزن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کُلی نوٕ وراوٕنی۔

۴۔ وَن کتھٕ کٔنی چھِ سٔہلابُک زور کم کرنس منٛز مدد کران؟

جواب: وَنن ہنٛدی کٔنی تہٕ باڈٕو دار کُلی چھِ روٗد پانٕس پیٹھ رٔٹتھ وارٕ وارٕ زٕمینس پیٹھ تراوان۔ پتہٕ چھِ کُلن ہنٛدی پٔتلی دار موٗل روٗدٕ ووٗنی پانس تہٕ زٕمینس منٛز شرٛ پراوان، یتھٕ پأٹھی چھُ سٔہلابُک زور کم کرنس منٛز مدد میلان۔

۵۔ سبز پنہٕ وٕتھرن کیازِ چھِ نوزُ کھ لیبارٹری ونان؟

جواب: سبز پنہٕ وٕتھر چھِ کاربن ڈائیکسایڈ گیس نوزُ کھ زدٕ منٛزی پانس اندر شرٛ پرأوِتھ آکسیجن گیس واپس تراوان۔ آکسیجن چھُ زُو زأژن ہنٛدِ زند روزنہٕ باپتھ ضروٗری۔

۶۔ اگر وَنن منٛز ساری کُلی ژٹنہٕ ین تیلہِ کیاہ سپدِ؟

جواب: ماحولُک توازن ڈلہِ۔ سٔہلابن ہُنٛد خطرٕ ہرِ۔ جاناوارن تہٕ جنگلی حیوانن راوِ چھپن جاے۔ لٔکرِ ہُنٛد دژاگ ووتھِ۔ پأداوارس گژھِ کٔمی۔ زٕمینُک حُسن راوِ۔

**3۔ ضرۄری کیاز چھُ؟**

۲۔ وَنن ہنٛز رأچھ کرٕنۍ:

جواب: وَنن ہنٛز رأچھ کرٕنۍ چھےٚ ضرۄری تکیازِ وَن چھِ آکسیجن، گاسہٕ، جڑی بوٗٹہٕ، رُت آب و ہواتہٕ لگٕر مُہیا کران۔ یِیلہِ وَن چھُ تیٚلہِ چھُ اَن۔

۲۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گُلۍ نوٚ وراوٕنۍ۔

جواب: زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گُلۍ نوٚ وراوٕنۍ چھُ ضرۄری تِکیازِ گُلۍ چھِ آکسیجن فراہم کران، زالُن تہٕ لگٕر مُہیا کران۔ گُلۍ چھِ زٔمینچ شوٗب۔ یِم چھِ زٔمینس رُڈ گژھنہٕ تہٕ سٔہلاب کہٕ خطرٕنش بچاوان۔

۳۔ ماحول صاف تھاوُن

جواب: ماحول صاف روزنہٕ سِتۍ چھےٚ زُو زأژ صحت مند روزان۔ ماحول آسہِ صاف تہٕ زٔمین دِیہِ جان پأداوار۔ موسم روزن ڈٔنجہِ۔

**4۔ ویٚژھنےٚ کٔرِو؟**

ا۔ وَن چھُ تہٕ اَن چھُ۔

جواب: یِیلہِ جنگل چھِ تیٚلہِ چھُ رُت تہٕ گُتُل کھٔمن چٔمن مُہیا روزان۔ وَن چھِ ماحول ڈٔنجہِ تھوٗنس منٛز، سبٕٹھاہ رود والہٕ نس منٛز، زٔمینس مأزُیل بناونس منٛز تہٕ سٔہلابُک خطرٕ کم کرنس منٛز مدد دِوان، یِمو چیٖز وسِتۍ چھُ

زٔمینہِ منٛز پأداوار ہُران۔

۲۔ وَن چھُ جاناوارن ہُنٛد مالیُن:

جواب: وَنن منٛز چھُ کُلی گنبر، جاناوار چھہِ کُلی گنٛزن منٛز أکی شیران۔ اتہِ چھہِ تم محفوٗظ روزان۔ وُچھنس سٔمب چھکھ کأفی جاے دسیاب۔ یِم چھہِ اَتہِ نوان، پھبان، واش کڈان تہٕ محفوٗظ روٗزِتھ خوش روزان۔

۳۔ وَن چھُ پشن ہنٛز چھپن جاے:

جواب: پشن چھُ وَنس منٛز کأفی غذا مُہیا سپدان۔ یِم چھہِ اتہِ روٗدِ تہٕ تاپہٕ نِش پان ہبکان بچأوِتھ۔ دُشمن ہِندِ حملہٕ نِش بچنہٕ باپتھ چھُ ون پشن خأطرٕ محفوٗظ جاے۔

5۔ مثالہٕ وُچھِتھ برِو خألی جایہِ؟

(ألف) ۱۔ ــمےٚــ کوٚرسران۔ ۲۔ ژٕےٚ کتھ چھےٚ دود؟

۳۔ ــتٔمیِ ــ پوٚرسبق۔ ۴۔ ــأسیِ ــ آیہِ اوترٕ یور۔

۵۔ ــتٔمیِ ــ وۄن پوٚز۔ ۶۔ ــمےٚ ــ کھیوٚ وبتہٕ۔

(مےٚ۔ تٔمیِ۔ أسیِ)

(ب) ۱۔ یہِ چھےٚ ــچأنٛزــ کُرسی۔ ۲۔ ــہُمہٕــ چھُ چون پھیرن۔

۳۔ ــہُمــ چھہِ چأنٛز پلو۔ ۴۔ یہِ چھےٚ ــمیأنٛزــ بینہِ۔

۵۔ ــیم__ چھِ چانہِ کتابہِ۔ ۶۔ ــہُو__ چھےٚ میأنۍ موج۔

(میأنۍ۔ ہو۔ یم۔ ہُم)

(ج)۱۔ تم چھِ سأری حاضر۔ ۲۔ یِہٕنتھ کانٛہہ چھُ وقس پیٚٹھ یوان

۳۔ کأنسہِ گژھِہٕ اِزا واتنوٗن۔ ۴۔ کانٛژھا گوٚژھِم ستۍ آسُن

۵۔ تتہِ کِتیاہ جوان اُسۍ پژران۔ ۶۔ کتی چوب رٕژۍ بچأرۍ۔

(کتی۔ کانٛژھا۔ کأنسہِ۔ کِتیاہ)

۶۔ "دٕوپ" گوٚو ونہٕ آمُت دلأیی ہُنز کتھ۔ یتھ منٛز زندگی متعلق کانٛہہ تجربہٕ کیٚنژن لفظن منٛز ژومرأوِتھ ونہٕ آسہِ آمت۔ داہ دٕپتۍ لیکھِو تہٕ وضاحت تہِ کٔریوٗ کھ؟

| دٕپِیت | وضاحت |
|---|---|
| ۱۔ سو کار کو کار پأنٛس بکار | یُس تہٕ تھی کار کرِتس چھُ تیٚتھ نتیجہِ تُلُن۔ |
| ۲۔ بأزی گارس بأزی گرس | بیٚیس دوکھ دِنہٕ وأنٛلس چھُ پانٛسے دوکھ لگان۔ |
| ۳۔ یہٕ نٔوِ نٔوِ کٔری زِ تہِ کٔری زِ زنگہٕ زنگہٕ | بکواس کرنہٕ کھوتہٕ چھُ بہتر پتہٕ اتھ کام کرٕنۍ۔ |
| ۴۔ اُپنٕس کوٚٹھۍ کتہِ؟ | پٔنٕہ چھُ اُکھرس پیٚٹھ توٚن نیٚرتھ پھٹان |

۵۔ اَتھہٕ واس چھُ موہرٕ ساس۔ اِتفاق چھُ بٔڈ دولتھ۔

۶۔ اَن پوشہٕ تیٚلہٕ ییٚلہٕ وَن پوشہٕ۔ خوراکھ روزِ توٚتام بیٚٹھان یوٚتام جنگل موجوٗد روزَن۔

۷۔ لاو بوٚد چھےٚ ساو۔ لوکٕٹس چھےٚ عقل تازٕ تہٕ تیز آسان۔

۸۔ جوشہٕ وِزِ گژھہِ ہوش۔ پزٕتھ وِزِ گژھہِ عقلہٕ کام ہیٚنۍ۔ جوشس پتھ گژھہِ دماغ ڈٔنجہٕ تھاوُن۔

۹۔ کٔشیرِ مٔتھو دیو ژُھٹھ زٕ تہٕ زیو۔ عاٗبتھ غاٗبتھ تہٕ افوا باٗزی چھےٚ خطرناک۔

۱۰۔ سمتھ گیہٕ ہمتھ۔ اتفاقس منٛز چھُ طاقت۔



(5)

# رفاقت

نظمہِ ہُنٛد خُلاصہٕ: دپان اَکھ بُلبُل اوس اوٕر یور پھل پھٲلی ژھاران۔ دوہس تھۄک واریاہ۔ شام سپُد تہٕ تٔمِس پیوٚ وپٔنُن اول یاد۔ أ ِکس کُلی لنجہِ پیٹھ بیوٗٹھ ۔ ڈیان ڈیان اوس سوٗنچان زِ اَنہِ گٹہِ منٛز ِکتھٕ واتہٕ أ ِلس نِش ۔ رالتس کتہِ روزٕ ! اَمی ساتہٕ دژایہِ اَکھ زُتنی اَپٲری۔ بُلبُل وُچھن پریشان ۔بُلبُلن وۄنُس ، اَنہِ گٹہِ منٛز ِکتھٕ ہیٚکہٕ بہٕ أ لس تام واتتھ؟ زُتنہِ وۄنُس ژٕ چھُکھ ٹلی پریشان ، چھُکھاہ وُچھان ، بہٕ چھُس گاشی گاش۔ ٔبہ پکہٕ بروٗنہہ بروٗنہہ تہٕ ژٕ پکھ میانہِ گاشہِ پتہٕ پتہٕ۔ بہٕ واتناوتھ أ ِلس تام۔ ہمتھ گرٕدھِ نہٕ ہارِنی ۔ یِتھٕ پأٹھی واتہٕ نوو زُتنہِ بُلبُل ٔ ألس تام۔

ا۔ لفظ تہٕ معنیٰ:

| لفظ | : | معنیٰ |
|---|---|---|
| رفاقت | : | رِفیق لاگُن ۔ ساتھ دیُن ۔ مدد کرُن۔ |
| زُتنی | : | پرٕ یزلوٗن کیوٚم ۔ جُگنو۔ |
| مشاٲلی | : | دزٕوُنی زِنی ٔہر یأش |
| گوٚٹ | : | اَنِہ گٹہٕ ۔ گاش لَفُتُک صَداد۔ |

پچھتاوُن : افسوٗس کرُن۔

روزِتھ گژھُن : حاٗران تہٕ پریشان۔

بشر : اِنسان

أش ہُکھ ییٚنہٕ : واریاہ اوٚش ییُن۔

بے کینہٕ : یمِس نہٕ عداوت آسہِ۔

## 2۔ جواب لیکھِو؟

ا۔ بُلبُل کیازِ اوس لٔنجہِ پیٹھ پریشان؟

جواب: بُلبُل اوس پھل پھٲلۍ ژھارنس ستۍ آوُر یوٚ تام دوہہ لوٗس ۔ سُہ گوٚو پریشان زِ ووں کتھہٕ پاٚٹھۍ واتہٕ اٚکِس نِش تِکیازِ اَنہِ گٹہِ منٛز اٚس نہٕ وَتھ بوزنہٕ یوان۔

۲۔ ژُتنہِ کیا ووٚن بُلبُلس؟

جواب: ژُتنہِ ووٚن بُلبُلس زِ بہٕ ہاوَے پنٕنۍ گاش تہٕ واتناوَتھ اٚکِس تام۔ ژٕ مَہ گژھ پریشان۔

۳۔ یہ نظم پٔرِتھ کیاہ نصیحت چھِوٕ تُہۍ لبان؟

جواب: یہ نظم پٔرِتھ چھےٚ نصیحت میلان زِ اَکھ اٚکِس پزِ اکار بکار ییُن۔ زانِہہ گژھِنہٕ نااومید گژھُن۔

3۔ "بُلبُل تہٕ زُتنہٕ" ہنٛز دٔلیل لیٛکھِو پنٕنہِ لفظن منٛز؟

جواب: وُچھِو نظمہٕ ہُنٛد خُلاصہٕ۔

4۔ یِمن شعرن بناٚوِو نثر؟

ا۔ آلہِ نِش چھُس دوٗر پیوٛمُت شام گوم۔

یَتھ گِٹس منٛز کور گرٛشہِ ووٚنی کیٛا بنیوم۔

جواب: آلہِ نِش چھُس دوٗر ریومُت تہٕ ییاٚری گوٚو شام تہِ۔ پریشان چھُس یتھ اَنہِ گِٹس منٛز کور گرٛشہِ تہٕ مےٚ کیٛاہ بنیو۔

۲۔ وقتِ مُشکِل گرٛشہِ نہٕ تراوِنی زانٛہہ تہِ آش۔

کرِ سکھر ووتھ تراوِ غم ہاوَے ژٕ گاش۔

جواب: مُشکِل وقتس منٛز گرٛشہِ نہٕ زانٛہہ آش تراوِنی۔ ووتھ تراوِ غم تہٕ ژٕ ہاوَے گاش۔

5۔ محاورٕ بناٚوِو، تِمن لیٛکھِو معنہِ تہٕ محاورٕ کٔریوٗکھ جُملن منٛز استعمال تہِ؟

ا۔ زُو+دِین = (زُو دِیُن مرُن/زندگی دِنی ا۔ اَکی لیڈرن دیُت مُلکہٕ باپتھ زُو۔ ۲ خدا صاٮ۪ب چھُ ٹھوٗلس تہٕ زُو دِوان۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۲۔ زُو+کھسُن | زوکھسُن | مرنس تیار واتُن | بیمارس چھُ ووِنی زُو کھسان۔ |
| ۳۔ زُو+ژھیُٚن | زُوژھیُٚن | زیادٕ محنتہٕ ستی تکلیف واتُن، کمزور گژھُن | مُزورن چھُ بور سارنہٕ ستی زُوژھیٚنان۔ |
| ۴۔ زُو+ژٕٹُن | زُوژٕٹُن | سخت محنت کرٕنی۔ پانس تکلیف واتناوُن | امتحانس منز جان درجہِ پراونہٕ باپتھ چھُ پیوان زُوژٕٹُن، |
| ۵۔ زُو+اَژُن | زُواَژُن | زِندٕ گژھُن | سوئتہٕ روُدٕ ستی چھُ گُلن زُواژان۔ |
| ۶۔ زُو+پھیُرن | زُوپھیُرن | حبس یُن۔ سنداُرن | نوکری لگِتھ ہیوٚتُن اشرفس زُوپھیُرن۔ |



(6)

# مخدوٗم صأب

سبقُک خُلاصہٕ: حضرت شیٚخ حمزہ مخدوٗمؒ چھِ زأنہٕ گیر علاقہٕ کِس تُجر گامس منٛز 900ھ منٛز زاۓمتۍ۔ (بابہٕ صأبُن اوسُکھ ناو شیٚخ عثمان تہٕ ماجہِ مریم۔ مأجی ماجہِ اوسُکھ حمزہ ناو کوٚرمُت۔ مخدوٗم صأب آسی لوکچارٕ پیٹھے خوٗش کلام تہٕ پزٕی یأری۔ تیٖر اندأزی تہٕ گُری سوارِ ہُنٛد اوسُکھ شوق۔ تٔمو پوٚر سرینگرس منٛز تھدِ درجہِ کیٚن خانقاہن تہٕ درسگاہن منٛز قرآن شریف علاوٕ تفسیٖر، حدیث، منطق، فقہٕ، اوراد و اذکار تہٕ اخلاق۔ تم آسی شریعتکی پابند روٗزِتھ معرفتکی طلب گار۔ تٔمن اوس علمس تہٕ گاٹہٕ جارس منٛز تہِ کمال تہٕ روٗحأنی تھزر تہِ حأصل۔ تم چھِ اللہ تعالیٰ سٕندی وٕلی۔ لوٗکن آسی کُنِس خدایس سٕنٛز عبادت کرٕنچ تعلیم دِوان۔ نیک عملن ہُنٛد تلقین کران۔ وقتٕکو ناماوارِ عالِم تہٕ مشأیخ آسی تہندی زانٛہ۔ حضرت مخدومؒ صأبن نیوٗ 24 صفر 984ھ منٛز یٖمہِ دُنیا منٛز تشریف۔ تم آیہِ کوہِ مارانس پیٹھ تتھ جایہِ نکھے اوسوٕد کرنہٕ یتہِن وارِیہس کالس عبادت کران آسی۔ اوٗہُنٛد درگاہ چھُ فأیض تہٕ برکتُک مرکز۔ اتہِ چھےٚ لوٗکن ہنٛز رٕج آسان لگتھ۔ پرٕتھ وٕریہِ چھُ اوٗہُنٛد ووُرس صفر رٕتس منٛز مناونہٕ یوان۔

## ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | معنی |
|---|---|
| دوٚکھل | دوٚکھٕ لد |
| عنایت | یہ دِنہٕ ییہِ۔ عطا کرُن۔ |
| سوٚتھر | سطح۔ |
| دارُ الشفاء | شفاعتُک گرٕ۔ سو جاے ییٚتہِ بیمار بلان چھِ |
| طلب گار | ژھارن وول |
| توہم پرستی | وٕہمہٕ پاٚلنی |
| عظمتھ | بجر تہٕ تھزر |
| کُتُب خانہٕ | لائبریری۔ کتابن ہُنٛد گرٕ۔ |
| یادٕ ووٚتُر | یاد روزنٕچ صلاٗحیت۔ |
| تلقین کرُن | نصیحت کرٕنی۔ |
| کرامت | خدایہٕ سنٛدِ یَژھنہٕ ستی کانٛہہ ناممکِن کاٗم مُمکِن بناوٕنی ییمہِ ستی عقل حاٗران گژھِ۔ |
| ژاٹھ | شاگِرد۔ |
| اوسوٗد کرُن | دفن کرُن۔ |
| زٕج لگٕنی | بیر بارے۔ رَش |

خوش کلام : رٕژ کتھ کرن وول۔

عأبد : عبادت کرن وول۔

**2۔ جواب لیکھِو؟**

ا۔ مخدوٗم صأب کتہِ تہٕ کرأسی زامتی؟

جواب: مخدوٗم صأب أسی زأنہٕ گیر علاقہٕ کِس تُجر گامس منز 900ھ منز زامتی۔

۲۔ مخدوٗم صأبہٕ نِس لوکچارس متعلق لیکھِو پانژھ جُملہٕ؟

جواب: مخدوٗم صأب أسی لوکچارٕ پیٹھے خوش کلام تہٕ پزٕی یأری۔ تم أسی آوارٕ شُر بو نِش لوٚب روزان۔ خاموشی تہٕ تنہأیی أسی پسند کران۔ گِندنَس درو کُنس أسی نہٕ زیادٕ لور۔ تیر اندأزی تہٕ گُری سوارٕ ہُند اوسُکھ شوق۔

۳۔ مخدوٗم صأب کمو ناوِ ستی چھِ یوان یاد کرنہٕ؟

جواب: شیخ حمزہ، محبوب العالم تہٕ سُلطان العارفین۔

۴۔ مخدوٗمؒ صأب کیا نصیحت أسی لوٗکن کران؟

جواب: مخدوٗم صأب أسی وَنان حلال رزِق کھیٚو، کُنِس خدایس سٕتر عبادت کرِو، نیک کامہِ کرِو تہٕ اللہ تعالیٰ سٕندی شُکُر گزار روٗزِو۔

کأنسہِ ہہ واتناوِوتکلیف۔ دولتس ہہ روزِ ولور۔

۵۔ مخدوؔم صأبُن استان کتھ جایہِ چھُ تہٕ اَتہِ کر چھُ مالہِ لگان؟

جواب: مخدوؔم صأبُن استان چھُ کوہِ مارانس پیٹھ تتھ جایہِ ییٚتھن تم عبادت کران أسی۔ اَتہِ چھُ 26 صفر مالہِ لگان۔

3۔ پرٕتھ موضوعس متعلق لیکھِو پاژھ جُملہٕ؟

ا۔ شیخ اسماعیل کبروی سُنْد خانقاہ۔

جواب: شیخ اسماعیل کبروی سُنْد خانقاہ اوس سُلطان حسن شاہن تعمیر کرنووُمُت۔ اَتھ منٛز اوس اَکھ تھدِ درجُک مذہبی درسگاہ تہِ چلان۔ یہ اوس سرینگرٕ پوکھرِ بَل ہیوٚر پہن وأرِث خانہٕ نِس چھس نِش۔ اَتھ منٛز آسہِ عبادت گذارن ہِنٛدِ باپتھ 360 کوٹھرِ بناونہٕ آمژٕ۔ یہ خانقاہ اوس دُپوٚر۔

۲۔ شمس چکُن خانقاہ؟

جواب: شمس چکُن خانقاہ اوس سرینگرٕ چہِ جامع مسجدٕ ہِنٛدِس صحنس منٛز تعمیر آمُت کرنہٕ۔ یہ اوس کُشیرِ منٛز گوڈنیُک خانقاہ۔ اَتھ منٛز اوس اَکھ درسگاہ تہٕ دارالشفاء تہِ ونان أسی۔ اَتھ خانقاہس منٛز اوس اَکھ بوٚڈ کُتب خانہٕ تہِ۔ اَتہِ اوس وُستادن تہٕ طالبِ علمن ہِنٛدِ باپتھ

روزٕنگ رُت انتظام۔

4۔ محاورٕ کریٚو کھ جُملن منٛز استعمال

| محاورٕ | معنہٕ | جُملہٕ |
| --- | --- | --- |
| لوٚب روزُن۔ | الگ نیرُن۔ دوٗر ہیوٚن۔ ماے نہٕ تھاوٕنی | ناکارٕ کامو نِش گژھِ لوٚب روزُن۔ |
| لور روزُن | ماے نہٕ تھاوٕنی | رُشوتس گژھِ نہٕ لور روزُن۔ |
| اسمانہٕ پیوٚن | حأران گژھُن | چانہِ ناکأمی ہنٛز خبر بوٗزِتھ پیوس بہٕ زَن اسمانہٕ۔ |
| تھدِ تھدِ پرُن | بڑٕ پرُن۔ آواز تھزرأوِتھ | سُہ اوس تھدِ تھدِ بأتھ پران۔ |
| لول برُن | مُحبت کرُن۔ ماے ورتاوٕنی | یتیمن گژھِ لول برُن۔ |

5۔ چِٹھی وُچھِو گایڈٕ کِسن اندس پٔنٕنہٕ ''کینٛہہ چِٹھِ تہٕ درخواس'' عنوانس تحت۔

۶۔ یمن موضوعن متعلق لیکھِو اکھ اکھ پیراگراف؟

۱۔ حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ کشمیری

جواب: (یٚمہِ سبقُک "خُلاصہٕ" وُچھِو ییٚس گوڈٕے دِنہٕ آمُت چھُ)

۲۔ کانٛہہ پرٲنۍ مسجِد۔

جواب: (گایِڈ کِس اندس پیٹھ وُچھِو "کینٛہہ مضمون" عنوانٕس تحت)



(7)

# ریڈکراس سوسائٹی

سبقُک خُلاصہٕ: ریڈکراس سوسائٹی بناوُنک خیال کۆر سویزرلینڈٕکی
أکی تاجرن پیش۔ تِمس اوس ناو ہینری ڈوناٹ۔ تِمۍ وُچھ آسٹریاتہٕ اٹلی
ہنٛدِس جنگس منٛز ژتجی ساس چھوکہٕ لد۔ لاشن أسی نہٕ ٹُلان تہٕ چھوکہٕ لدن
نہٕ سنان۔ تسُنٛد خیال کۆر وارِیہولوکو پسند تہٕ 1863ء منٛز آیہٕ رضاکار تنظیم
"ریڈکراس سوسائٹی" قائیم کرنہٕ۔ اَمہِ چہٕ شاخہٕ چھےٚ ووٚنی دُنیاہکس پرٛتھ
علاقس منٛز۔ اَمہِ سوسائٹی ہنٛدی بنیأدی اصول چھِ انسأنی قدرن رأچھ
کرٕنی۔ بأے بندُت قائیم کرُن۔ انسان ہنٛدِس زُوس، صحتس تہٕ عزتس
بچاو کرُن۔ انسانن ہنٛدی دوکھ کم کرٕنی۔ غریبن، محتاجن، جسمأنی تہٕ ذہنی
طور کمزور لوٗکن، مصیبت زدن تہٕ مجبور انسانن ہنٛز بچأیی تہٕ بحأل باپتھ کأم
کرٕنی۔ مذہب، رٔکس، ذأژ ہنٛدِس تہٕ سیاستِکس ناوس پیٹھ نہٕ انسانن
درمیان بنِن ورتاوُن۔ اَمہِ سوسائٹی چھےٚ از تام تھٔکِنی لایق کأم کرٕمژ۔
ہندوستانس منٛز آیہٕ ریڈکراس سوسائٹی 1920ء منٛز قائیم کرنہٕ۔

## ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| ڈُبہٕ ڈاس | : | تباہی |
| دوکھل | : | دوکھہٕ لد |
| بیٚن | : | بیوٚن آسُن۔ فرق |
| اِرسرٕ | : | بے قرأری۔ تکلیفچ حالت |
| زرٕ زرٕ گژھُن | : | عاریُن۔ کأنسہِ ہُنٛد تکلیف محسوس گژھن |
| غأرجأنبدأری | : | کأنسہِ ہٕنٛز طرفدأری نہٕ کرٕنۍ۔ |
| وُجارٕ گژھُن | : | تباہ گژھن، بُرباد گژھن۔ |
| ہوٚل گنڈُن | : | تیار روزُن۔ |
| ژیٚنُن | : | محسوٗس کرُن۔ |
| امبر | : | ڈیرٕ۔ |

## 2۔ جواب لیکھِو؟

ا۔ اٹلی تہٕ اسٹریاہس درمیان یُس جنگ سپُد سہ وُچھِتھ کیاز گوٚو ہینری ڈونانٹ دوکھہٕ زَد؟

جواب: ہینری ڈونانٹن وُچھ لاشن ہنٛدۍ امبر۔ ژبجی ساس سپاہ اُسۍ

چھوکہٕ لد۔ نہ اوس کانٛہہ لاشن ٹُلان تہٕ نہ کانٛہہ چھوکہٕ لدن سنان۔
اَوے گۆوسُہ دوکھہٕ زَد۔

۲۔ ہینری ڈوناٹن کیا اپیل کٔر پننہٕ کتابہِ منٛز لوٗکن؟

جواب: ہینری ڈوناٹن کٔر پننہٕ کتابہِ منٛز لوٗکن اپیل زِ جنگن دوران یم سپا
چھوکہٕ لد آسن گژھان تِمن راحت واتناونہٕ خاطرٕ گژھِ اَکھ رضا
کار تنظیم آسٕنۍ۔

۳۔ عالمی ریڈکراس سوسائٹی کر آیہِ وجوٗدس؟

جواب: عالمی ریڈکراس سوسائٹی آیہِ 1863ء منٛز وجوٗدس۔

۴۔ عالمی ریڈکراس سوسائٹی ہُنٛد موٗلہٕ مقصد کیا اوس؟

جواب: عالمی ریڈکراس سوسائٹی ہُنٛد مقصد اوس جنگس منٛز سپدن واجنہٕ
تباہی ہُنٛد مقابلہٕ کٔرِتھ وُ جارٕ گمتۍ لوٗکھ نَوِ سرٕ بحال تہٕ بجا کرٕنۍ۔

۵۔ ووٚنۍ کمہٕ کمہٕ کامہِ چھےٚ یہِ تنظیم کران؟

جواب: ووٚنۍ چھےٚ یہِ تنظیم محتاجن، غریبن تہٕ جنگن منٛز چھوکہٕ لدٕ گمتین مدد
کران۔ آفژن منٛز ہینہٕ یِنہٕ والین ہنٛزِ بحالی تہٕ بجأیی باپتھ کأم کران۔

۶۔ ہندوستانس منٛز کر آیہِ ریڈکراس سوسائٹی وجوٗدس؟

جواب: ہندوستانس منٛز آیہِ ریڈکراس سوسائٹی 1920ء منٛز قأیم کرنہٕ۔

۷۔ سائِنس ریاستس منز کر آیہِ ریڈکراس سوسائٹی وجوٗدس؟

جواب: سائِنس ریاستس منز آیہِ 1947ء منز ریڈکراس سوسائٹی وجوٗدس۔

۸۔ ریڈکراس سوسائٹی ہنٛدی بُنیاًدی اصوٗل لیکھو؟

جواب: ۱۔ انسانی قدرن رأچھ کرٕنۍ۔

۲۔ انسانی زُوَس تہٕ صحتس بچاوتہٕ عزت کرُن۔

۳۔ لوٗکن منز بأے بندُت قائیم کرُن۔

۴۔ محتاجن، مسکینن، غریبن تہٕ نوقص لدن اتھٕ روٗٹ کرُن

۵۔ قدرتی آفژن دوران حاجت مندن امداد واتناوُن۔

۶۔ مذہب، ذات، جنس تہٕ سیاستکس ناوس پیٹھ انسانن درمیان بِہن نہ ورتاوُن۔

۹۔ سائِنس ریاستس منز کمہٕ کمہٕ خاص کامہِ چھےٚ از تام ریڈکراس سوسائٹی کرِمژٕ؟

جواب: ۱۔ فروری 2005ء منز والیٹنگ قاضی گُنڈس منز شینہٕ طوٗفانہٕ ستی اثر زدن امداد۔

۲۔ 18اکتوبر 2005ء منز آمتہٕ بُنلہِ ستی بے گرن تہٕ چھوکہٕ لدن ہنزٕ بحألی تہٕ بجأیی خأطرٕ کأم۔

۳۔ ژارشریف کِس نارٕ وأردالتس تہٕ جوأہر ٹنلہ پیٹھ پَسہٕ وٕستھ ینہٕ کِس

سنگین حادثس دوران مصیبت زدن ہُنٛد مدد۔

3۔ درخواست وُچھِو یِمہِ گائیڈ کس اندس پیٹھ ''کینٛہہ درخواست تہٕ چھِ'' عنوانس تحت۔

4۔ خٲلی جایہِ برٕو؟

(دود، دٲدی، دادبن، بُنٛیل، بُنلی، بُنلبن)

| | | |
|---|---|---|
| دود | دٲدی | دادبن |
| بُنٛیل | بُنلی | بُنِلبن |
| مول | مٲلی | مالبن |
| کوٚل | کٲلی | کلبن |
| گوٚل | گٲلی | گلبن |
| زوٚر | زٲری | زربن |

5۔ خٲلی جایہِ برٕو؟

ا۔ فروری 2005ء منٛز آو والٹینگ قاضی گُنڈس منٛز شینہٕ طوٗفان۔

۲۔ اکتوبر 2005ء منٛز آو شمٲلی کشیرِ منٛز دوکھ بُنٛیل۔

۳۔ عالمی ریڈکراس سوسائٹی ہُنٛد دفتر چھُ سویزرلینڈ کس شہر جنیواہس منٛز۔

۴۔ شُرہن گاٹٛن دوران گیہ ژٕتجی ساس سِپاہ چھوکہٕ لدتہٕ مارٕ۔

۵۔انسانس پزِ أ َکس بیٚیس اکار بکار یُن۔

**6۔ نومن عنوان متعلق لیکھِو داہ داہ جُملہٕ:**

جواب: وُچھو گائیڈٕ َکس اندس پٔتھ "کینٛہہ مضموٗن" عنوانس تحت



(8)

# ریٚتہٕ

سبقُک خُلاصہٕ :وُچھِو یٚیمہِ سبقکہِ ترٚیمہِ سوالُک جواب:

ا۔لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| بُرائے | : | آبہٕ بُرن ہنٛدی پاٹھی گُنہِ چیزُک اَکی ساتہٕ تہٕ یَسلہٕ پاٹھی کھسُن۔ |
| دِوَے | : | مائہٕ |
| عروٗج | : | ترقی کرٕنی |
| کاڈ | : | واش کڈِتھ وُسعت دِیُن |
| دژمن کوٚٹ | : | دژمنس درامُت تھَو |
| وولنس یُن | : | خوش گژھُن۔ |
| شہزآز | : | بادشاہ سٕنٛز کوٗر |
| گتہٕ گیوٗر کرُن | : | أندی أندی نژُن |
| سونہٕ ہأری | : | سونہٕ رٕنگی |

## 2۔ جواب لیکھو۔

ا۔ ریٖن کرٕ ئج بُر اے؟

جواب: سونتہٕ رودٕ ییٚلہِ پوٚتھر نرمیٖو وتہٕ ریٖن ئج بُر اے۔

۲۔ بجہِ ریٖیہِ کیاہ آسہٕ کران؟

جواب: بجہِ ریٖیہِ آسہٕ گوٚبۍ گوٚبۍ پرۍ تراوان ، وُڈنہِ سنٛبالان تہٕ مُنزۍ مُنزۍ
کاڈ کڈان تہٕ وُڈان۔

۳۔ ہِلۍ بچُر کیاز اوس وولسنس آمُت۔

جواب: ہِلۍ بچُر اوس ریٖن ہُنٛد شِکار گرِتھ وولسنس آمُت۔

۴۔ نچہِ ریٖیہِ کیاہ آسہٕ ہن سونچان؟

جواب: نچہِ ریٖیہِ آسہٕ ہن سونچان اَسہِ تے زٕ نچھِ پکھٕ آسہٕ ہن أسۍ تہِ وُڈٕ ہو۔

۳۔ ریٖیہِ افسانس منٛز چھِ ترٛیٖیہِ قسمکۍ کِردار:

ا۔ بجہِ ریٖیہِ۔ ۲۔ نچہِ ریٖیہِ ۔ہِلۍ بچُر۔

ترٛیٖنہٕ وٕنۍ قسمن ہنٛد بن کِردارن ہنٛز کأم ژیٖتس پاُوِتھ لیکھو
افسانٕچ کتھ پننہٕ نٮ۪ن لفظن منٛز۔



جواب: سونتہٕ کأژ اوس زٕمیٖن رودٕ ۍ نرمیٖومت۔ امہِ منٛز آسہٕ داریا

ریٛـیہٕ نبر درٛامژٕ۔ سفید پکھ واجنہٕ بجہٕ ریٛـیہٕ آسہٕ خوش تہٕ اَسمانس گُن
وُڈو کران۔ نچہٕ ریٛـیہٕ آسہٕ سونچان اَسہٕ تہٕ پکھ آسہٕ ہن أسی تہٕ
کرہووُڈو۔ لۍچہٕ پیٹھ بہتھ ہلی بچُر اوس سیٹھاہ خوش۔ سُہ اوس
وُڈوٗنہٕ ریٛن کھوان۔

## 4۔ یہٕ افسانہٕ پٔرتھ لیکھو مرکزی خیال:

جواب: اَمہٕ افسانک مرکزی خیال چھُ یہٕ زِ انسانن تہٕ باقی زُوزأژن
پَزٕ پننہٕ نِس حدس منٛز روزُن۔ ریٛـیہٕ ہُنٛد طاقت چھُنہٕ اسمان کھسُن
یامَتھ سو وُپھ ٹلان چھِ ہلی بچُر چھُس نبنگلاوان تہٕ تیٚتس کالس
زٔمینس پیٹھ تہٕ اَلس منٛز روزان چھےٚ تیٚتس کالَس چھےٚ محفوٗظ روزان۔

## 5۔ افسانہٕ کیا گوٚو؟

جواب: افسانہٕ گوٚو موختصر کتھ یا ڈٔلیل۔ افسانس تہٕ ڈٔلیلہٕ منٛز چھےٚ خاص
فرق یہٕ زِ ڈٔلیل چھےٚ زبأنی زبأنی اَکہٕ پُیہٕ پیٹھ بیٚیس پُیہٕ تام واتان
روزان۔ افسانہٕ چھُ کأنسہٕ خاص افسانہٕ نگار سُنٛد تخلیق آسان۔
افسانچ بُنیاد تہٕ چھِ ڈٔلیلے، مگر تخلیق کرنہٕ آمٕژ کتھ یا ڈٔلیل ییتھ منٛز
اکھ مخصوٗص واقعہٕ وونہٕ آسہٕ آمُت۔ ژھوچر چھُ افسانہٕ خأطرٕ
ضروٗری۔ اَمکی واقعہٕ تہٕ پلاٹ گرٛھن نہٕ وُٹھتھ آسنی۔ وونی چھِ تیٚتی
لوٚکٹی افسانہٕ تہٕ لیکھنہٕ یوان ہیکن پوسٹ کارڈ افسانہٕ ونان چھِ۔

کأشرِ زبأنی منز تہِ چھِ وارِیاہ افسانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ أمین کأمِل، ہری کرشن کول، تاج بیگم رینزو، ہردے کول بھارتی، بشیر اختر تہٕ فاروق مسعودی چھِ کأشرۍ افسانہٕ نگار۔

## 6۔ اختر محی الدینس متعلق لیکھِو پانژھ جُملہٕ:

اختر محی الدینس چھُ اصلی ناو غلام محی الدین وانی۔ یِم چھِ 1928ء منز بٹہٕ مالُن سرینگرٕ زامتۍ۔ 22 مئی 2001ء کُیت گیہِ یِمہٕ عالمہٕ۔ تِمو چھِ افسانہٕ، ناول تہٕ ڈرامالیکھۍ متی۔ ست سنگر تہٕ سوژل چھِ أہنزٕ افسانہٕ سومبرنہٕ۔



(9)

# مان سَر

خُلاصہٕ: مان سَر چھُ اَکھ مأری موٚنْد سَر۔ یہِ سَر چھُ جوٚم شہرٕ پیٹھہٕ مشرِقس کُن 59 کلومیٹر دوٗر۔ یہِ چھُ تھدٮ۪ن بالن ہٕنٛزِ کھوٚنہِ منٛز قدرتُک اَکھ شاہکار۔ اَمیُک زٕچھر چھ دوٗن میل تہٕ کھجر اڈٕ میل۔ سنہر یوٚ دوَے زیادٕ چھُس نہٕ تہِ چھےٚ اَتھ منٛز بجہِ بجہِ گاڈٕ زنتہٕ ژھالہٕ ماران تہٕ ژھپہٕ ژھأیِرس گِنْدان آسان۔ یہِ چھےٚ اکھ پُرسکون جاے۔ مان سَر علاقس تہٕ سرس چھےٚ مذہبی تہٕ توأریٖخی اہمیت تہِ۔ سرٕکس بٔٹھس پیٹھ چھِ اکہِ پرانہِ محل خانکی آثار۔ محل خانس نکھے چھےٚ بیاکھ مندور۔ سرس نکھے چھِ کینٛہہ پرأنی مندر تہِ۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| ژھپہِ ژھور | : | أنی ژھپرٕ گِندُن۔ |
| پناہ گاہ | : | چھپن جاے۔ |
| مندور | : | بٔڈ عمارت |
| ہے بنگٕ | : | اُٲ |

سائلانی : سأل کرن وول۔

دُمبکھ : ڈُنج وِتھ آبس تل روزن۔

ہراسہٕ : احتیاط ورتاوُن۔

شوٗژر : پأکی

سدابہار : ہمیشہٕ سبز روزن وول۔

سَر : جھیل۔

لُر : مکان۔

کِسی بطخ : آبس منز روزن وول جاناوار۔

سروٗد : خوشی۔ مستی۔

دوہ ڈٕلُون : دوہ لوسُون۔

آثار : نشانہٕ۔

زیٹھ : مارچ رہتک کأشر ناو۔

سروٗر : خوشی۔

ژھالہٕ مارنہٕ : گرایہ ماران نژُن۔

## 2۔ جواب لیکھِو؟

ا۔ مان سَر کوتاہ دوٗر چھُ جیمہٕ پٹھٕ؟

جواب: مان سَر چھُ جیمہٕ پٹھ 59 کلومیٹر دوٗر۔

۲۔ پتھ کالہِ کیٛاہ اوس اَتھ علاقس ناو؟

جواب: پتھ کالہِ اوس اَتھ علاقس ''نیل پوٚر'' ناو۔

۳۔ مان سَرٕچ مذہبی اہمیت کیٛاہ چھےٚ؟

جواب: اَتہِ چھہِ کینٛہہ مندر موجوٗد۔ مندرن منٛز چھہِ پوزا کرنہٕ یوان۔ اَتہِ چھُ مألہٕ لگان ۔ سرس أندی أندی گَتھ دِیُن چھُ سأدٕر وٲر ئتھر جوربن ہٕنٛدِ خأطرٕ نیک شگوٗن مانٕنہٕ یوان۔

۴۔ مِنہِ مربن ہٕنٛدِس پناہ گاہس منٛز کم جاناوار چھِ رچھنہٕ یوان؟

جواب: مِنہِ مربن ہٕنٛدِس پناہ گاہس منٛز چھِ مور، تیٛتر تہٕ باقٕے جنٛگلی جانور رچھنہٕ یوان۔

3۔ لفظ : باوُت

| | |
|---|---|
| مأری موٚندسَر | مأری موٚند |
| بجہِ گاڑٕ | بجہِ |
| پُرسکوٗن جاے | پُرسکوٗن |
| گاٹلی | گاٹلی |
| سدابہار گُلی | سدابہار |
| منحوٗس شکل | منحوٗس |

جان لڑکہٕ : جان

4۔ لفظ : متضاد

زیوٗٹھ : ژھوٚٹ

زیادٕ : کم

شوٗژ : موٚکُر/ژھیوٚٹ

گہَے : ہمیشہٕ

دوہس : راتَس

5۔ خاٗلی جایہِ بٔرِو

ا۔محل خانس نکھے چھےٚ بیا کھ مندور۔

۲۔اکثر ساٗلاٗنی چھِ دوہ ڈُلہٕ وُنے اَتہٕ نیران۔

۳۔عقیدت مند چھِ گبوان، گندان تہٕ پوٗزا کران۔

۴۔ مان سَر چھ اکھ سَر۔



(10)

# کوٗکُر چھُ وَنان

خُلاصہٕ: یَتھ نظمس منٛز چھُ کوٗکُر پننِ مُشکلات باوان۔ سُہ چھُ دپان زِ بہٕ چھُس صُبحٕے بانگ دِوان۔ لوٗکھ چھِم ماران۔ تِم چھِ میانہِ ناٹن لطُف تُلان۔ وأرِو گرٕ ھنہٕ وقتہٕ چھِ لوٗکھ کورٕ ہن تٔلِتھ کوٗکُر تہٕ ستی دِوان۔ ڈاکٹر تہٕ چھِ ونان کوکر ماز چھُ بیمارن علاج۔ پیر صأبن تہٕ چھُ کوکر ماز خوش کران۔ درگاہن پیٹھ تہٕ چھِ لوٗکھ کوکر ماران مگر بچارٕ کوٗکُر چھُ پھل موچھِ ہُنٛد محتاج۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| شَر | : | تکلیف، اِذا |
| ناشاد | : | غمگین |
| وٕلی وٕلی | : | جلدی |
| خأر | : | رٕژر |
| سنان | : | توجہ دِوان |
| بأزی | : | دونکھ، فریب |

تصرُف دار : پرٛاہ کرن وول ، بھوٗت

لول کاسُن : محبت پوٚر کرُن۔

ناشاد : ناخوش/ دوکھۍ لد

2۔ جواب لیٚکھِو؟

ا۔ سُلہِ صُبحٕ ے کیا چھُ کوٗکُرلوٗکن ونان؟

جواب: سُلہِ صُبحٕ ے چھُ لوٗکن کوٗکُر ونان غفلت ترٛاوِتھ بیدار گژھو۔

۲۔ کوٗکُر کتھۍ پاٹھۍ چھُ گژھان کورٕ ن واٚرِوٕ ستۍ؟

جواب: مالِنۍ چھِ کورٕ ن واٚرِو سوزنہٕ وِزِ تِلتھ ، رٕنتھ یا زِندٕ ے کوٗکُر ڈالہِ رٕنگۍ ستۍ دِوان۔

۳۔ کوٗکُر کیازِ چھُ مالِکنہِ ژھاین تہٕ گرٛاین وُچھان؟

جواب: مالِکۍ چھےٚ کوٗکرن ہمیشہِ پھل ترٛاوان، اَوے چھُ کوٗکُر تَس ژھاین تہٕ گراین وُچھان۔

3۔ نظم پرِتھ لیٚکھِو پننہٕ نٮ۪ن لفظن منٛز زِ کوٗکُر کیا چھُ ونان؟

جواب: وُچھو گوڈَے دِنہٕ آمُت یِمہِ سبقُک "خُلاصہٕ"

4۔ یِمن مصرعن کرِ و وٕ ضاحت:

ا۔ نوشن واٚروۍ چھِ میانے ستۍ راضی

وہٕ ھنَے: مالنٕ چھِ کوربن وأرِ و سوزنہٕ وِزِ ثَلِتھ، رٔنتھ یا زندے کوٗکر ڈالہِ
رٔنگہٕ ستۍ دِوان، اَمہِ ستۍ چھِ توٗشن وأروٕ خوش گژھان تہٕ رأضی
روزان۔

## ۲۔ کلُک خأراتھ بے چھُس نیرِ داندس۔

وہٕ ھنَے: رہتہٕ کالہِ چھِ داند یوان گاسہٕ کھٕنہٕ باپتھ نیوٗ رسوزنہٕ۔ گریوٗس چھُ
تھٔزِ سلامتی باپتھ کوٗکر خارأتھ کران۔

## ۳۔ اوے چھُکھ پژون تصرُف دار نیران۔

وہٕ ھنَے: نیٚلہِ کأنسہِ شخصس تصرُف گژھان چھُ، پیر ہُنٛد ونہٕ چھِ أمس
کوٗکر کُلہِ پیٹھی پھِرناوان تہٕ اَدِ چھِن یہِ کوٗکر خأراتھ کران۔ ونہٕ
چھُ یوان تصرف دار چھُ نیران تہٕ شخص چھُ بلان۔

## ۴۔ بوان چھُم عشق مقام تتہٕ لول کاسان۔

وہٕ ھنَے: لوٗکھ چھِ عشق مقام تہٕ حأضری دِنہٕ وِزِ باضے شُرِس زر کاسان یا
ژُش مُشران، اَمہِ ساتہٕ چھِ کوٗکر ماران۔ اوے چھُ کوٗکر ونان زِ
لوٗکھ چھُم درگاہن پیٹھِ نتھ لول کاسان۔



(11)

# مانٛچھ تُلر

خُلاصہٕ: مانٛچھ ژُلر چھےٚ مانٛچھُکھ آگُر۔ مانٛچھ تُلرِ چھےٚ مختلف پوشَو نِشہٕ ویوٗ رحاصِل کٔرِتھ مانٛچھ تیار کران۔ مانٛچھ چھُ یُہنٛد غذا۔ یِمن چھُ ہُر یمانہٕ مانٛچھ تیار پھوان کرُن۔ یوٗ ہے ہُر یمانہٕ مانٛچھ چُھ انسان یِمن تھپہِ نِتھ پنہٕ نِس مصرفس لاگان۔ تُلرِ چھےٚ یکہٕ وَٹہٕ روزان۔ یہنٛدِس أکِس أکِس گنَس چھِ تیکنیکی زبانٕ منٛز کولونی (Colony) ونان۔ أکِس مانٛچھ گنس منٛز چھےٚ ترٛیِیہٕ قسمچہٕ تُلرِ آسان۔ وَکھرٕ وَکھرٕ تُلرہن چھےٚ وَکھرٕ وَکھرٕ کأم۔ ۱۔ رأنی: یہِ چھےٚ ٹھوٗل ترٛاون واجینۍ وأحد مادٕ ژُلر۔ أہندِ وے ٹھوٗلو منٛزٕ چھِ ترٛیشوٗنی قسمن ہنٛزٕ تُلرِ نیران۔ ۲۔ کارکُن تُلرِ: گنہٕ چہِ سارے کامہِ چھےٚ کارکُن تُلرِ کران۔ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ آبأدی چھےٚ یہنٛزٕ ے آسان۔ سلہٕ صاف کرنہِ، لاروا کھیٚاوٕنی، ہایوٗچ صفأیی کرٕنی، گنٛج رأچھ کرٕنی چھےٚ تِمہٕ کامہِ یِمہٕ کارکُن تُلرِ گوڈٕ نکہن اکوٗہن (21) دوٗہن أنزراوان چھےٚ۔ ۳۔ بہوال تُلرِ۔ یِم چھنہٕ کانٛہہ کأم کران بٔلکہِ باقٕی تُلرہن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ کھوان۔

## ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | | معنی |
|---|---|---|
| آیتن تھاوُن | : | پیش کرُن، دسیاب تھاوُن۔ |
| وکھر وکھر | : | مختلف، الگ الگ |
| کنہِ کھرٛ پن | : | دوٗن کنٛن منٛز س وژھر |
| بیٚہہٕ وال | : | کاْم نہٕ کرن وول |
| ہورٕ دسر | : | سورُے |
| کُلی گوگُر | : | کُلس اندر خاٗلی جاے |
| غلط فہمی | : | غلط سمجھُن۔ |
| سٔتر | : | تیاٗری |
| خسارٕ | : | گاٹہٕ |

## 2۔ جواب لیٚکھِو۔

سوال ا: لینگسٹر اٹھ ہاٗیِو (Langstroht HIEV) کتھٕ کٕنۍ چھُ یوان بناونہٕ؟

جواب: لینگسٹراٹھ ہاٗیوس چھِ فریچوٗن چوکاٹن پیٹھ بناونہٕ یوان ۔ یم چوکاٹ (Frame) چھِ نبر تہِ یوان کڈنہٕ تہٕ بدلاونہٕ تہِ یوان۔ خاٗلی فریم چھِ بیٚیہ ہاٗیوس منٛز یوان

سوال ۲: رٲنی چھا گنٛج راے کِنہٕ موج؟

جواب: رٲنی چھِ گنٛج موج آسان۔

سوال ۳: مانٛچھ ٹُلرٕن کُس چھُ مول؟

جواب: مانٛچھ ٹُلرٕن چھُ بہوال ٹُلر (Drone) مول۔

سوال ۴: کارکُن ٹُلرِ کمہِ وٲنسہِ پیٹھ چھےٚ ہسوان وِیوٗ رسومبراوُن؟

جواب: کارکُن ٹُلرِ چھِ اکوٗہن دوٗہن ہٕنزِ وٲنسہِ پیٹھ ویوٗر ہسوان سومبراوُن۔

سوال ۵: کارکُن ٹُلرِ کمہِ کامہِ چھےٚ کران؟

جواب: کارکُن ٹُلرِ چھِ لاروا کھیاوٕنی چاوٕنی، موم تراوُن، فربناوٕنی، ہایو صاف کرُن تہٕ ہایوٕ چ رٲچھ راوٹھ تھاوٕنی بیترِ کامہِ کران۔

سوال ۶: بہہٕ وال ٹُلرِ کیازِ چھےٚ باضے گنہٕ مٕنٛز کڈِتھ یوان ژھننہٕ؟

جواب: باضے بیلہِ مانٛچھ گنس مٕنٛز خوراکچ کٔمی گژھان چھےٚ، بہوال ٹُلرِ چھِ یوان کڈِتھ ژھننہٕ تکیازِ تمہٕ چھِ کٲم کار کرنہٕ ورٲیی غذا کھسوان۔

سوال ۷: مانٛچھ ٹُلرٕن ہُنٛد کیاہ فٲیدٕ چھُ انسانس؟

جواب: مانٛچھ ٹُلرٕن نِسہِ چھِ انسان مانٛچھ حاصِل کران۔

## 3۔ خاًلی جایہِ بٔرِو

۱۔ اکہِ پیٹھ ترٛبن دوٚہن تام چھِہ وأنسہِ ہنٛز تُلرِ چھےٚ خانن ہنٛز صفأیی تہٕ پأرلش کران۔

۲۔ ترٛےٚ پیٹھہِ شٔبن دوٚہن تام چھِہ تُلرِ چھےٚ زِٹھی لاروار چھان۔

۳۔ شےٚ پیٹھہِ دَہن دوٚہن تام وأنسہِ ہنٛزٕ تُلرِ چھےٚ لوٕکٹ لاروار چھان۔

۴۔ أرٛتھ پیٹھہِ باہن دوٚہن تام چھِہ وأنسہِ ہنٛز تُلرِ چھےٚ رانہِ کھیاوان چاوان۔

۵۔ کہہِ پیٹھ ارداہ دوٚہن تام چھِہ وأنسہِ ہنٛزٕ تُلرِ چھےٚ ہایو صاف کران۔

۶۔ ارداہ پیٹھہِ وُہ دوہ تام چھِہ وأنسہِ ہنٛزٕ تُلرِ چھےٚ ہایوٕ چ رأچھ راوٕتھ کران۔

## 4۔ یونہٕ کنہِ دِنہٕ آمژن تُلرٕبن متعلق لیکھو ژور ژور جُملہٕ:

۱۔ کارکُن تُلرِ: کارکُن تُلرِ گیہِ کأم کرن وٲجنہِ تُلرِ۔ یم چھےٚ مانٛچھ ہِنٛج سأرٕےکأم کران ۔ یمن تُلرٕبن ہنٛز آبادی چھِہ باقٕے تُلرٕبن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ آسان۔ یم چھِہ بےٚ پھَل مادٕ تُلرِ۔

۲۔ رأنٛی: رأنٛی چھےٚ مانٛچھ ہِنٛج زِٹھ مادٕ تُلر۔ یہِ چھےٚ باقٕے تُلرِ ہو کھوتہٕ بٔڈ آسان۔ یہِ چھےٚ ٹھوٗل ترٛاون وٲجنہِ وأحد مادٕ تُلر۔ یہِ چھنہٕ کأنٛسہِ تہٕ ٹوپھ دِوان۔

۳۔ بہہِ وال تُلر: یم تُلرِ چھنہٕ کانٛہہ کأم کران۔ یم چھِہ دوٚیمِ پرکُن ہنٛز تہٕ

اژان أہندِ ستۍ چھےٚ مانچھ گنس مژ گرمی روزان۔ خوراکچ کمی

گوٚھنہٕ وِزِ چھےٚ یِم تُلرِ گنہٕ مژ کٔڈِتھ یوان ژٕھنہٕ۔

## 5۔ واُحد ناوتمِن مقابلہٕ لیکھو جمع ناوٕ تۍ

| ا۔ واُحد ناوتُ | جمع ناوٗت | واُحد ناوٗت | جمع ناوٗت |
|---|---|---|---|
| سیر | سیرِ | کوٗرِ | کورِ |
| تُلر | تُلرِ | کانٛگر | کانگرِ |
| پُتر | پُترِ | گوٗنٛج | گوگجہٕ |
| زِتۍ | زِتنہٕ | ژٔر | ژٔرِ |
| گُر | گُرِ | ہُر | ہرِ |
| أنٛز | اَنہٕ | لٔٹ | لٔچہٕ |
| لیٚج | لیٚجہٕ | | |

| ۲۔ واُحد ناوتُ | جمع ناوٗت | واُحد ناوٗت | جمع ناوٗت |
|---|---|---|---|
| زنٛگ | زنٛگہٕ | ژادر | ژادرٕ |
| کتاب | کتابہٕ | دوٗس | دوسہٕ |
| اَل | الہٕ | پھیوٚص | پھیٚوٚژہٕ |
| ڈٔلیل | ڈٔلیلہٕ | ٹوٗپھ | ٹوپھہٕ |

| ٹھول | ٹھولہٕ | کیٚنٛز | کیٚنٛزٕ |
|---|---|---|---|

| ۳۔ واحد ناوٕت | جمع ناوٕت | واحد ناوٕت | جمع ناوٕت |
|---|---|---|---|
| گُل | گٕلۍ | زوٚر | زٕرۍ |
| شُر | شُرۍ | ٹوٚنگُر | ٹوٚنٛگٕرۍ |
| گُر | گُرۍ | ووڈُر | ووڈُرۍ |
| زُر | زُرۍ | بٕگُر | بٕگٕرۍ |

| ۴۔ واحد ناوٕت | جمع ناوٕت | واحد ناوٕت | جمع ناوٕت |
|---|---|---|---|
| ووٚٹ | وُڑۍ | پوٚژھ | پٕژھۍ |
| ژوٚنگ | ژٲنٛگۍ | کیوٚم | کیٚمۍ |
| توٚٹ | ٹُٹۍ | کھوٚنٛدُر | کھوٚنٛدٕرۍ |
| موٚت | مُتۍ | پوٚد | پٕدۍ |

## 6۔ کراوٕت کیاہ گوٚو؟

جواب: کراوٕت (فعل) گیہِ تِم لفظ ییم کانٛہہ کٲم یا حرکت ہاوَن۔ مثالہِ پٲٹھۍ گیوٚن، گِندُن، اَسُن بیترِ۔

کراوتھن ہُنٛد استعمال چھُ ترٛن کالن منٛز سپدان۔

۱۔ پتھ کال (Past Tense)۔ ۲۔ از کال (Present Tense) تہٕ ۳۔ یِنہٕ وول کال (Future Tense)

یِمو جُملو منٛز ژاڑِو پتھ کال، از کال، یِنہٕ وول کال۔

| جُملہٕ | لفظ | کال |
|---|---|---|
| ۱۔ سُہ یِیہِ کالؠ کیتھ | یِیہِ | یِنہٕ وول کال۔ |
| ۲۔ أسۍ گژھو پگاہ پہلگام۔ | گژھو | یِنہٕ وول کال۔ |
| ۳۔ اوترٕ اوس سخ گرم | اوترٕ | پتھ کال۔ |
| ۴۔ مےٚ کوٚر رأتھ یاد | کوٚر | پتھ کال۔ |
| ۵۔ بہٕ چھُس وارِ سگ دِوان۔ | سگ دِوان | از کال۔ |
| ۶۔ ٹاٹھۍ صأب اوس نماز پران | اوس پران | پتھ کال۔ |
| ۷۔ سو چھےٚ کأشُر بولان | چھےٚ بولان | از کال۔ |
| ۸۔ پرُٛس اوس سأئنس سکوٗلس منٛز سائنس مالہٕ لاگنہٕ آمُت۔ | لاگنہٕ آمُت | پتھ کال۔ |
| ۹۔ لوٗکھ چھِ عیدگاہ کُن پکان۔ | پکان | از کال۔ |
| ۱۰۔ تِمو لوٗن دانہِ۔ | لوٗن | پتھ کال۔ |

7۔ یَم ناوِتی گٔریوٚکھ جُملن منٛز استعمال یُتھ یہِ نَنہِ زِ یَم چھا نر صورتس منٛز کنہٕ ماد صورتس منٛز استعمال سپدان۔

| ناوُت | نرصورت/ مادٕ صورت | جُملہٕ |
|---|---|---|
| تُلر | ماد صورت | تُلر چھےٚ پوشس ویوٚرتُلان۔ |
| کارٕگُن | نرصورت | اَکھ کارٕگُن اوس نہٕ آمُت۔ |
| ٹھوٗل | نرصورت | ٹھوٗل چھُ میوٗٹھ آسان۔ |
| آگُر | نرَ صورت | وٕتھِ ہُنٛد آگُر چھُ ویرناگ۔ |
| مانٛچھ | نرَ صورت | مانٛچھ چھُ طاقت دِنہٕ وول غذا۔ |
| گرمی | ماد صورت | رہتہٕ کالہِ چھےٚ گرمی آسان۔ |
| گن | نرَصورت | کأنی پیٹھ چھُ بوٚڈ مانٛچھ گن۔ |
| آب | نرَصورت | یہِ آب چھُنہٕ چیوٚن لایق۔ |
| ویوٚر | نرَصورت | پوشن ہُنٛد ویوٚر چھُ مانٛچھ بناونس لگان۔ |
| کھسوٕ | نرَ صورت | تٔمی کوٚر زیادٕ کھسوٕ، اوَے چھُس وزن ہُر یوٗمُت۔ |



(12)

# نَستہٕ پھَچھ

<u>سبقُک خُلاصہٕ:</u> دپان بارٕنۍ جوراہ اَسۍ ، نبہٕ تہٕ حبہٕ۔ نبہٕ اوس سیٚدٕ ہوٚل ،کائِل تہٕ بہوال۔ حبہٕ اوس زیرک تہٕ جلکھن وول۔ اکہِ دوہہٕ ووٚتھ یِمن نیٚاے تہٕ دژاپہِ بیوٚن بیوٚن ۔ نبہٕ گوٚو اَکِس خوجس نِش کأم ژھارنہِ ۔ خوجن تھووُس شرط زِ ییمہٕ ساتہٕ ژَکھ کھسی تمی ساتہٕ ژٹے نَس۔ نبہٕ بیوٚٹھ طلبس۔ پگاہ سوٚز خوجن نبہٕ کھہس پیٹھ داند واینہِ تہٕ دوٚپنَس شامن أنۍ زِ زیُن تہٕ سِیُن تورَے۔ نبہٕ آو ژھوٚرُے۔ خوجس کھوٚت شرارت تہٕ ژٹن نبس نَس ۔ نبہٕ آو گرٕ تہٕ ووٚنُن وِدان وِدان بأیس حال۔ چالاک حبہٕ ووت خوجس نِش نوکری ژھارنہِ۔ خوجن ووٚننس شرط مگر حبن دوٚپُس اگر شرارت کھسیم تہٕ ژٹۍ زہٕ نَس اگر ژےٚ شرارت کھوٚتُے تیٚلہِ ژَٹے بہٕ ژےٚ نَس۔ پگاہ گوٚو حبہٕ داند ہیتھ زٔمین واینہِ۔ خوجن دوٚپُس تیٚر تہٕ نِکھ اوٚری۔ زٔمین تہِ وایکھ تہٕ تیٚرن تہٕ تھوَکھ نظر مگر شامن أنۍ زِ سِیُن تہٕ زیُن اورَے۔ شامن پھٹرٲو حبن اکہِ بأنۍ تہٕ کوٚرُن زیُن تیار۔ خوجہِ سُنٛد اَکھ کٹھ مورُن تہٕ کوٚرُن سِیُن تیار۔ ووت سِیُن تہٕ زالُن ہیتھ خوجہِ سُنٛد گرٕ۔ یِہ حال وُچھتھ کھوٚت خوجس سخ شرارت ۔ مگر کوٚرُن صبر ۔ اَمہٕ

پتہٕ لۄگ جبہٕ خوجہٕ گرس منز خوجس رنگہٕ رنگہٕ ستاونہٕ مگر خوجہ رۄزِ صبر کران۔ اکہٕ دوہہ دیُت جبن خوجس دستار پلناوِن وِزِ ترٕ کھ خوجس کھۄژ ژکھ تہٕ لۄگ جبس رُعب کرنہٕ۔ امی ساتہٕ نیہٕ جبن خوجس نَس ژٕٹتھ۔

## ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| انتقام | : | بدلہٕ |
| ژَکھ | : | شرارت |
| پھراٹھ | : | البانہٕ پھالہٕ ستیٖ زٔمین واپنچ رِکھ۔ |
| کھہہ | : | سُہ زمینِ ٹُکرِ یتھ منز دانہٕ کاشت یوان چھُ کرنہٕ۔ |
| جامن منز آسُن | : | ہوشس منز آسُن۔ |
| طلبس رَٹُن | : | نوکری دِنٕی (موہنوِ گری رٹُن) |
| گرٕ بجا تھاوُن | : | گرٕ آباد تھاوُن |
| نستہٕ پھچھ | : | نستہٕ ہُنڈ گوڈ |
| پراٹُن | : | کھڈُن |
| زالُن | : | زالنہٕ پننہٕ وول چیز یُمہٕ کہٕ جوشہٕ ستیٖ تہٕ نارٕ ستیٖ کھمن چین رننہٕ تہٕ پاکونہٕ چھُ یوان |

## 2۔ جواب لیٚکھِو

ا۔ نبہٕ تہٕ جبہٕ کیاز اِپٹھی بیوٚن بیوٚن؟

جواب: جبہٕ اوس زیٹھ تہٕ نبہٕ کوٗتس ۔ نبہٕ اوس نہٕ کرن وول تہٕ جبنی کانٛہہ کتھے اوس نہٕ مانان ۔ اوَے اِپٹھی تم بیوٚن بیوٚن۔

۲۔ خوجن کیا شرط تھوٚو نبس؟

جواب: خوجن تھوٚو نبس شرط زِ اگر نبس کامہِ پیٹھ ژٕکھ کھسہِ تیٚلہِ ژٹِس خوجہِ نَس۔

۳۔ نَبس کیاز کھٕرِ ژٕکھ؟

جواب: دوہس داند وٲتھ کتہِ اَنہِ ہے سُہ کھبن چبن تہٕ زیُن پاُنس ہتی ۔ یٚیلہِ خوجن پرٛژھُس کھبن چبن تہٕ زیُن کیاز اوٚنتھ نہٕ نبس کھٕرِ ژٕکھ۔

۴۔ خوجن کتھ شرطس پیٹھ روٚٹ جبہٕ طلبس؟

جواب: خوجن روٚٹ جبہٕ یتھ شرطس پیٹھ طلبس زِ دویو منزٕ ییٚمس ژٕکھ کھسہِ تِمس ژٹو نَس۔

۵۔ جبن کتھ کٕنی کوٚر کھبن چبن تہٕ زالُن تیار؟

جواب: جبن کوٚر خوجہِ سُندِ کہِ ٲتھِ کھبن چبن تہٕ ابازی ہٲتھ زالُن تیار۔

۶۔ خوجس کیازِ کھُرِ ژَ کھ؟

جواب: اکہِ دوہہِ ڈِتُس حبن دستار پلناون وِزِ زورِ ترُ کھ، یِمہِ ستۍ خوجس ژَ کھ کھُرِ۔

3۔ ''نستہٕ پھِچھ'' ڈٲلیلہِ منز چھِ ترٛے کردار۔ نبہٕ حبہٕ تہٕ خوجہٕ۔ ترٛینوٕے چھِ اَتھ منز پننۍ کٲم کران۔

۱۔ توہہِ کمِس کردارٕ سنٛز کٲم آیہِ زیادٕ پسند؟

جواب: مےٚ آیہِ حبنۍ کٲم زیادٕ پسند۔

۲۔ کمۍ سنٛزن کتھن پیٹھ کھُرِ وِ توہہِ ژَ کھ؟

جواب: مےٚ کھُرِ خوجہٕ سنٛزن کتھن پیٹھ ژَ کھ۔

۳۔ تُہۍ کمۍ سنٛزِ کامہِ پیٹھ گیہِ وِ خوش؟

جواب: بہٕ گوس حبنہِ کامہِ پیٹھ خوش۔

۴۔ توہہِ کمۍ سنٛزِ کامہِ ستۍ آوٕ اَسُن؟

جواب: مےٚ آو حبنہِ کامہِ ستۍ اَسُن۔

4۔ ''نستہٕ پھِچھ'' لُکہٕ کتھ لیکھِو ن پننہٕ لفظن منز۔

جواب: وُچھو گوڈٕ دِنہٕ آمُت یِمہِ سبقُک خُلاصہٕ۔

## 5۔ محاورن لیٚکھوِ معنی تہٕ کٔرِو ہوکھ جُملن منز استعمال۔

| جُملہٕ | معنی | محاورٕ |
|---|---|---|
| اکرمس چھِ پۆنسہٕ کرٕتام بنیمتۍ توے چھُ اَجی مینگہِ ٹۆپۍ تھوان۔ | کأرکُل کرٕنۍ | ۱۔ اَجی مینگہِ ٹۆپۍ تھوٕنۍ |
| ہمیشہِ دَندوزُن آسنہٕ سِتۍ چھُ گرٕ تباہ گژھان | چلہٕ وُن جگرٕ | ۲۔ دٔندوزُن |
| گرٕ کرُن گۆو ژمرؤ کرٕ ژاپُن۔ | زٕلِتھ میلِتھ گرٕ چہِ بجاأیِ باپتھ کأم کرٕنۍ | ۳۔ گرٕ کرُن |
| یِمہِ گامکی لۆکھ چھِ تیتۍ غریب زِ وُٹھن متھن سٕنمب چھُکنہٕ اَنمہٕ تہِ بٹان۔ | حدٕ کھوتہٕ زیادٕ غریبی آسٕنۍ۔ | ۴۔ وُٹھن متھن سٕنمب نہٕ اَنمہٕ بٹُن |
| جأہل نفر روٗٹ نہٕ کأنسہِ طلبس۔ | موہتوِ گرٕی خاطرٕ رٹُن، نوکر تھاوُن | ۵۔ طلبس رٹُن۔ |
| نیچوِ سِندی بدکار وُچھِتھ ترأو تمۍ دندن تَل اوٚنگج۔ | حأران گژھُن تہٕ افسوس کرُن۔ | ۶۔ دٔندس تَل اوٚنگج تراوٕنۍ۔ |
| مول مرنہٕ پتہٕ تہِ تھوو تمو بارنو گرٕ بجا۔ | گرٕ ڈنجہِ تہٕ آباد تھاوُن | ۷۔ گرٕ بجا تھاوُن |
| تمِس چھُنہٕ پتاہ زِ بلاے چھَس کھورن تَل وأژمِژ۔ | مُصیبت نکھہ یُن | ۸۔ بلاے کھورن تَل واتنۍ |

(13)

# یَتھ ریٚش وارِ وتبستا رآچھ

خُلاصہٕ: کشیر چھےٚ ریٚش وأر۔ اَتھ چھےٚ وتھ رأچھ کران۔ أندی أندی چھِس تھٔدی بال۔ کوہ مالن پیٹھ چھُ روپھ ہیوٗ شین۔ بالہٕ تھوٗنگی چھِ سونہٕ کھرٕ گرِتھ۔ جنتُک ہیوٗ ہوا چھُ ڈٕلہٕ وٗن۔ کولن منٛز چھُ امرتھ ہیوٗ آب۔ جاناوار چھِ اورٕ یورٕ وُپھان۔ راز للتادتس تہٕ سُلطان زین العابدین بڈشاہس تہِ کھٔرٕ وتھ ٹارِ۔ یَتھ ریٚشی وارِ منٛز چھِ مُسلمان تہٕ ہینٛدی یکجا رٕوزان۔ للہٕ دیدِ ہنٛدی واکھ تہٕ شیخ العالمؒ سٕندی شُرٛکی چھِ بوزان۔ وتھِ بٹھی بٹھی چھِ اَچھِ دارِ ہشہِ زنانہٕ خانقاہ تہٕ پربت گُن پکان۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| دُردانہٕ | : | موختہٕ پھٔلی |
| مأری منٛز | : | خوبصوٗرت |
| سورگہٕ ہوا | : | جنتُک ہوا۔ |
| بنہٕ | : | سرحد |
| خانقاہ | : | عبادتُک تہٕ مذہبی علم ہیچھنُک گرٕ۔ |

درشن دأر : ییٚمہٕ دارِ کٔز دیدار کرنہٕ ییِہ۔

مرگہٕ : سبز گاسہٕ مأدان۔

## 2۔ جواب لیٖکھو۔

ا۔ رٔیشی وارِ کیا کیاہ چھُ أندی أندی؟

جواب: ریٚشِ وارِ أندی أندی چھِ سونہٕ ہنٛدی سنگر، روپہٕ کوہ مالہٕ، وَن

مرگہٕ تہٕ بال۔

۲۔ وێتھا کتھ چھُ رأچھ؟

جواب: وێتھا چھےٚ ریٚشِ وارِ رأچھ۔

۳۔ کُس چھُ وێتھہٕ بٔڑھی بٔڑھی خانقاہَس تہٕ پربتھ گُن پکان؟

جواب: خوٗبصورت زنانہٕ چھِ وێتھہٕ بٔڑھی بٔڑھی خانقاہَس تہٕ پربتھ گُن پکان۔

۴۔ اتھہٕ واس کمو چھُ رٔژھرومُت؟

جواب: ہیٚندو تہٕ مُسلمانو چھُ اتھہٕ واس رٔژھرومُت۔

۵۔ وێتھ کمن کمن رازن کھٔرٕ ٹارِ؟

جواب: وێتھ کھٔرٕ رازٕ للتادتس تہٕ سُلطان زین العابدین بڈشاہَس ٹارِ۔

## 3۔ خألی جایہ پُرو

سورگہ ہواپڑاران انوارِ۔تھوِ نامیتہٕ کانٛہہ سازٕس گوش۔
رنگہٕ ژرِ وگنہِ تہٕ ونہٕ چے ہارے۔یتھ ریٛشی وارِ وتھستا رأچھ۔
اَتھ واس رٕ ژھرِ تھ پتُو مے پیار۔یتھ ریٛش وارِ وتھستا رأچھ۔
للہٕ واکھن ستی شرٛکی دُردانہٕ۔ ہینٛدی تے مُسلمان ہم آغوش۔
(پتُو مے پیارے۔ریٛشی وارِ۔ پراران۔ وِگنہِ۔کانٛہہ۔تے مسلمان۔شرٛکی)

**4۔** تمن چیزن ہُنٛد اکھ فہرست بناوِو یم یتھ نظمہِ منٛز اُندی پٔکھی کٔمن
چیزن ہنٛدِ حُسنک احساس ووتلاوان چھِ۔

جواب: وتھستا، بال، وَن، یارِ، مرگہ ہوا، سونہٕ ہنٛدی سنگر، پوش، کولہٕ راد، رنگہٕ ژرِ، وِگنہِ، اچھِ دارِ، خانقاہ، للہٕ واکھ، شرٛکی بیترِ۔

**5۔** یم کتھٕ لیکھِو صحی ترتیبس منٛز تہٕ نظمہِ ہُنٛد خُلاصہٕ کٔرِو تیار۔

جواب: ۸۔ وتھستا چھےٚ ریٛشی وارِ رأچھ رؤزِتھ۔
۵۔ کوہ مالن پیٹھ چھُ شین چاندِ ہنٛدی پأٹھی پژزلن۔
۲۔ وَنن منٛز چھِ یارِبو پٔنٛز پٔنٛز بنہٕ رٕٹِ متی۔
۴۔ بالہٕ تھونٛگین چھُ زنتہٕ سونہٕ کھٔرِ کرِتھ۔
۶۔ مرگن منٛز تہٕ بالن پیٹھ چھِ پوش پھٔلی متی۔
۱۔ سورگہ ہوا چھُ وارِ پڑاران۔

١٠۔ کولہٕ رادن منٛز چھُ امر بتہ

٧۔ ہێنٛدۍ تہٕ مُسلمان چھِ یکہٕ وَٹہٕ روزان۔

٢۔ وۄنہِ بۄڑھی چھِ زنانہٕ خانقاہ تہٕ پربتہ گۄن پکان۔

## 6۔ ویٚژھنے کٔرِو۔

١۔ للہٕ واکھن ہتی شرٕکی دُردانہٕ ۔ ہێنٛدۍ تے مُسلمان ہم آغوش

اَتھہٕ واس رٕژھرتھ پتٕی مے پیارِ ۔ یتھ ریٚشہِ وارِ وتبستا رأچھ

وبژھنَے : کٔشیرِ منٛز چھِ ہێنٛدۍ تہٕ مُسلمان یکہ وَٹہٕ روزان ۔ للہٕ دیدٕ ہنٛد

واکھ تہِ پران تہٕ شیخ العالمؒ سنٛدۍ شُرٕکی تہِ ۔ یم واکھ تہٕ شُرکی

موختہٕ ہی موٕللی ۔ ہێنٛدۄ تہٕ مُسلمانو چھُ ہمیشہِ اتھہٕ واس قائیم تھوو

۔ کٔشیر چھےٚ ریٚش وأرتہٕ وۄنہ چھےٚ اتھ رأچھ۔

٢۔ وۄنہِ مأرۍ منٛز کھٔرٕ پرٕتھ أکِس ٹارِ راز تہٕ پادشاہ تھأوِتھ گوش

للتادت بیٚیہٕ بڈشاہ گارِ یتھ ریٚشہِ وارِ وتبستا رأچھ

وبژھنَے : وۄنہ کھرٕ پرٕ بتھ أکِس پسند۔ راز للتادتن تہٕ سُلطان زین العابد

بڈشاہن تہِ کٔر یہٕ پسند۔ راز تہٕ پادشاہ چھ وۄنہِ ہنٛدِس سازس

دأرِتھ۔ کٔشیرِ چھےٚ ریٚشہِ وأرتہٕ اَتھ چھےٚ وۄنہ رأچھ۔

## 7۔ یِمن عنوانن متعلق لیٚکھِو مضموٗن:

جواب: وُچھو یِمہٕ گائیڈٕکِس أخرس پیٹھ دِنہٕ آمٕت عنوان "کینٛہہ مضموٗن"

**8۔ ہم آواز لفظ لیکھِو۔**

ا۔ کن، وَن، اَن، سَن، گَن۔

۲۔ نار، کار، تار، لار، سار۔

۳۔ نور، تور، گور، مور، بور۔

۴۔ چال، لال، بال، گال، ڈال۔

۵۔ چانہِ، کانہِ، دانہِ زانہِ، لانہِ۔



(14)

# ہوٲیی جہاز

خُلاصہٕ: ہوٲیی جہاز چھُ واریاہ فأید مند۔ انسان چھُ ہبکان اَتھ منٛز ربٕتن ہُنٛد سفر گأنٹن تہٕ گأنٹن ہُنٛد سفر مِنٹن منٛز کٔرتھ۔ سفر کرن وألِس چھُ آرام واتان۔ جنگی جہاز چھِ جنگس دوران کامہِ یوان لاگنہٕ۔ ووٚنی چھِ پایلیٹ ورأے جہاز تہِ بناونہٕ آمتی۔ ہوٲیی جہاز چھ مال تہٕ بور تہِ ساران۔ ہوٲیی جہاز کوٚر 18 دسمبر 1853ء منٛز امریکہٕ کِہو دوٚیو بایو ولبرٹ رایٹ تہٕ ارول رایٹن ایجاد۔ ہوٲیی جہاز چھُ آمُت غُبارٕ وُچھِتھ بناونہٕ ۔ گوڈنیُک غُبارٕ اوس 1783ء منٛز فرانسکِی أکی غُبارٕ بازن وُپھ نوومُت۔ أمِس اوس ناو ماونٹ گول فایر۔ اَتھ غُبارس آس ڈاک سارنٛچ کأم تہِ یوان ہینہٕ۔

## 2۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
| --- | --- | --- |
| فوک لور | : | لُکہٕ ووٚتٕر۔ زبأنی اکہِ پییہِ پتھ بییس پییہِ تام واتن وألی بأتھ، قصہٕ بیتر، |
| جأدی بستہٕ | : | سو بستہٕ یوسہٕ جودٕ کہِ زورٕ وُڈان آس۔ |

نارِ کٔنگل : سُہ بوٗ ڈ بانہٕ یتھ منٛز دٕزِوٗن نار چھُ یوان تھاونہٕ۔

سٹیم انجن : بٔہہ کہِ زورِ چلن وول اِنجن۔

ڈُپھ وار : وُڈو۔ تیز تہٕ تھدِ وُڈُن۔

روخ پھرُن : بُتھ بدلاوُن۔

بامل یُن : پوٗرِ سپدُن۔

**2۔ جواب لیکھِو:**

ا۔ وڈُنک شوق پوٗرِ کرنہٕ باپتھ کُس سامانہٕ بنوو انسانن گوڈٕنیتھ؟

جواب: انسانن بنوو وڈُنک شوق پوٗرِ کرنہٕ باپتھ گوڈٕنیتھ کانٛہہ ہُنٛد اکھ زیوٗٹھ ٹھیٖپ۔ اَتھ لوگُکھ نیبری کنہِ کاغذ تہٕ أندری کنہِ کپُر۔ یہِ بنیوو وُڈنس لایق اکھ غُبارٕ۔

۲۔ غُبارس منٛز بہتھ وُڈُنک گوڈنیُک تجربہٕ کُمی کوٚر۔

جواب: غُبارس منٛز بہتھ وُڈُنک گوڈنیُک تجربہٕ کوٚر فرانسکی غُبارٕ باز ماونٹ گول فاین۔

۳۔ گوڈنیُک ہوٲیی جہازٕ کمو بنوو؟

جواب: گوڈنیُک ہوٲیی جہازٕ بنوو امریکہٕ ہٕکو دوٚیو بایو۔ أکِس اوس ناو وِلبرٹ رایٹ تہٕ بیٚیس اوروِل رایٹ

۴۔ ہوٲئی جہازس منٛز سفر کرنہٕ سٍتؠ کیا فأیدٕ چھُ؟

جواب: ہوٲئی جہازس منٛز چھُ گاٮ۪نٛٹن ہُنٛد سفر مِنٹن منٛز ہیٚکان کرنہٕ یِتھ۔ یِتھہٕ پأٹھی چھُ وقت تہٕ بچان تہٕ آرام تہٕ واتان۔

3۔ یِم محاورٕ گٔرِو جُملن منٛز استعمال؟

| محاورٕ | معنی | جُملہٕ |
|---|---|---|
| ووٹھِ اَنُن | تنٛبلأوِتھ آمادٕ کرُن | میچھو کتھو سٍتؠ اوٚن اکرم صأبن اشرف صأب ووٹھِ تہٕ ہیوٚتنس روپیہٕ ساس۔ |
| روخ پھِرُن | طرف بدلاوُن ونٕ ہٕرٕ کتھہ انکار کرُن بتھی پھیٚر گژھُن | غُبارس منٛز بیٚہن وأٔلِس اوس نہٕ اَتھ روخ پھِرنُک طاقت۔ اباجان وُچھِتھ پھیٚر تٔمۍ فورن روخ۔ |
| دِل دَرُن | ہمتھ گژھنۍ | اکرم صأبس چھُ لُکہٕ ارساتس بروٚنٛہہ کنہٕ تقریر کرنہٕ باپتھ دِل درٕیوٗمت۔ |
| دِل راوُن | پریشان گژھُن بے قرأری گژھنۍ | وتہٕ پکان پکان چھُ تِمس ہنگہٕ منگہٕ دِل راوان۔ |
| دِل دَزُن | ملالہٕ سٍتؠ مویوسی گژھنۍ۔ کأنسہٕ ہُنٛد غوصہ گژھُن | تسنٛزٕ و پاموٕ سٍتؠ دزٕم نہٕ دِل تہٕ اِدٕ کیٚ گژھِم! |

| دِل پھُٹُن | گھمنڈ ختم گژھُن۔ سنگدلی نہٕ روزٕنۍ۔ نرمی پأدٕ گژھنۍ۔ | نِچوٕی ہِنٛدِ بُتھی پھیُر گژھنہٕ ستۍ چھُ مأجِس ماجہِ دِل پھُٹان۔ |
|---|---|---|
| دِل نیرُن | تنبہٕ لُن۔ خاہش پأدٕ گژھنۍ۔ کُنہِ کامہِ ہُنٛد ارادٕ کرُن | انورس اوس دِلہِ گژھنہٕ باپتھ دِل دزٕ امُت ، صرف اوس خرچہِ بیٹہٕ نس پزٕ ارن۔ |

4۔ یمن عنوانن تحت لیکھو داہ داہ جُملہٕ؟

ا۔ ہوأئی جہازٕکۍ فأیدٕ۔ ۲۔ ریڈیوٕکۍ فأیدٕ۔

جواب: وُچھو یتھی گایڈس منز "کینژہہ مضمون" عنوانس تحت۔

5۔ یمو جُملو منز ژأرِو گرٛنز باوٕتۍ؟

| جُملہٕ | گرٛنز باوٕت |
|---|---|
| ا۔ واریاہ لوٗکھ آیہٕ | واریاہ |
| ۲۔ تِموٗ ٹُل سبٹھاہ بور۔ | سبٹھاہ |
| ۳۔ زٕ پھوکہٕ بالہٕ چھےٚ دہن روپین۔ | زٕ۔ دہَن |
| ۴۔ اَسہِ تہٕ وٕأتۍ کُژ تام ژوٗنٛھی۔ | کُژ تام |
| ۵۔ اکھ ہفتہٕ لگی تورواتہٕ نس۔ | أکھ |



☆☆☆

(15)

# کٲشرِ ہنٛز کیٛنہہ پرانہٕ عمارژ

سبقُک خُلاصہٕ: کٲشرِ منٛز چھےٚ وارِیاہ پرانہٕ عمارژ۔ کیٛنہہ چھےٚ ا
شکلِ موجود تہٕ کیٛنہہ چھےٚ ہیتھ ڈٔلتھ اِستادٕ۔ پرانِٮن عمارژن رٲچھ راوٹھ
مرمت کرناوِنہٕ باپتھ چھُ اکھ سرکٲرۍ محکمہٕ ،یتھ آثارِ قدیمن ہُنٛد محکم
ونان چھِ۔ کٲشرِ ہنٛدٕن پرانِٮن عمارژن ہٕنٛدٕن آثارن منٛز چھِ "ہٲرو
آثار" وُنہِ تہِ مشہوٗر۔ ہٲرون چھُ شالٕمار باغہٕ پیٹھٕ میل جوراہ دوٗر۔
چھِ اکہِ پرانہِ مندرٕکی آثار۔ یہِ جاے چھےٚ بدھ متُک مرکز روزمٕژ۔ ت
پاٹھۍ چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ ژتجی میل دوٗر مارتنڈ مندر، مٹَن وُڈٕر پیٹھ از
موجوٗد۔ دپان یہِ چھُ سوریہِ مندر۔ خانقاہِ معلیٰ چھُ سرینگرس منٛز زٲنہٕ کدٕ
تہٕ فتح کٔدلس درمیان وٮتھِ ہٕنٛدِس ٹچھنس بٹھس پیٹھ۔ اَمِچ بُنیاد تر
حضرت میر سید علیؒ ہمدانی ہٕنٛدۍ فرزند حضرت میر محمد ہمدانیؒ صٲبن۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| قلایہٕ چالِہ | : | قلعکۍ پاٹھۍ۔ قلعس ہِش |

بُرزِ : بُرزِ گُلمن ہنٛدِس دٔلس تہٕ چھُ بُرزِ ونان۔

وولسنس ییٚن : خوشی ستۍ جوشس لایِنہٕ یُن۔

مِحراب : گُنبد

آوسیمٕژ : خستہٕ گٔمژ

سروٗر : خوشی

ژُجرٕ : گُٹھ، کمرٕ

مأری مۆند : خوبصوٗرت

## 2/ جواب لیکھِو؟

۱/ آثارِ قدیمہ کتھ چھِ ونان؟

جواب: پرانہِ زمانہٕ چن عمارژن ،لرٕن ،مندرن تہٕ موجود روٗدمتین پھٹہٕ پھراٹہٕ چیزن تہٕ نِشانن چھِ آثارِ قدیمہ ونان۔

۲/ ہأرونہٕ یم ٹألہِ اتھِ آمٕژ چھےٚ تِمن پیٹھ کٔژھہٕ شکلہٕ چھےٚ کھٔنِتھ؟

جواب: تِمن ٹألن پیٹھ چھِ واریاہن پوشن، جاناوارن تہٕ اِنسانن ہنٛز شکلہٕ کھٔنِتھ۔

۳/ ہأرونہٕ کیا اوس بودھ عألِموترامہِ پٹمن پیٹھ کھنہٕ نووُمت؟



جواب: بودھ عألِمو آسی ہأروس منز بودھ مٔتکۍ اصول نِوسرٕ ترامہٕ پٹمن پیٹھ

کھنہٕ ناٯوی مِتۍ۔

۴/ مارتنڈ مندر وُچھِتھ کیازِ چھُ انسان حأران گژھان؟

جواب: مارتنڈ مندرٕکی پھُٹہٕ پھٔراٹ کنہِ پل وُچھِتھ چھُ انسان حأران گژھان زِ بجن بجن شیلن کِتھہٕ کٔنی چھُ اکھأکِس پیٹھ تھٔوِتھ واٹھ دِنہٕ آمُت۔

۵/ خانقاہ معلیٰ کتھ جایہِ چھُ واقع؟

جواب: خانقاہ معلیٰ چھُ سرینگرس منز زأنہٕ کدل تہٕ فتح کدلس درمیان وٕتھہِ ہٕندِس دۆچھِنس بٔٹھس پیٹھ۔

۶/صالح ماجہِ کیٛا کۆر خانقاہِ معلیٰ نوِ سرٕ تعمیر کرناونہٕ خاطرٕ؟

جواب: خانقاہ معلیٰ نوِ سرٕ تعمیر کرناونہٕ باپتھ کٔنی صالح ماجہِ پٔننی سارٕی زیور۔ پٔنن داش نداش دِیُٛتٕن تعمیر خاطرٕ۔

۷/ سرینگرٕ چہِ جامع مسجدِ منز کٔتی نفر چھِ اکہِ ساتہٕ نماز ہیکان پٔرِتھ؟

جواب: سرینگرٕ چہِ جامع مسجدِ منز چھِ اکی ساتہٕ 33,333 نفر نماز پٔرِتھ ہیکان۔

3/ یِمو جُملو منٛز ژٲرِو کرٲوِلی، کرٲوٕتی تہٕ کرووٕمتی؟

| جُملہٕ | کرٲوُل | کرٲوُت | کروومُت |
| --- | --- | --- | --- |
| ا۔ سُہ چھُ ژوٗنٹھ کھوان | سُہ | کھوان | ژوٗنٹھ |
| ۲۔ أسؠ چھِ پاس گژھنہٕ خاطرٕ محنت کران | أسؠ | کران | پاس گژھنہٕ خاطرٕ |
| ۳۔ آپہٕ چھےٚ شُربن ہنٛدی پلو چھلان | آپہٕ | چھلان | شُربن ہنٛدی پلو |
| ۴۔ ژٕ چھُکھ سبق پران | ژٕ | پران | سبق |
| ۵۔ سِرٕ چھُ سأنؠ پلو سُوان | سِرٕ | سُوان | سأنؠ پلو |
| ۶۔ چھان چھُ دِلہٕ پچھن رنٛدٕ دوان | چھان | دوان | دلہٕ پچھن رنٛدٕ |

4/ یِمن عنوانن تحت لیکھِو پانٛژھ پانٛژھ جُملہٕ؟

(ا) پانٛڈولر (۲) خانقاہ معلّی

نوٹ: جواب وُچھِو "کینٛہہ مضمون" عنوانس تحت، یِتھی کتابہِ اندس پیٹھ۔

5/ وأحد ناوٕ تمن ہنٛدی جمع ناوٕ لیکھِو؟

| وأحد ناوُت | جمع ناوُت | وأحد ناوُت | جمع ناوُت |
| --- | --- | --- | --- |
| آفت | آفژ | فقارت | فقارٕژ |
| عمارت | عمارٕژ | خصلت | خصلژٕ |

## ٦/ خأ لی جایہِ پُرِ و؟

۱/ مونٛجہِ گوٗلی بناون وأ لِس چھِ مونجہ گوٗر ونان۔

۲/ ژادِر ووٚنن وأ لِس چھِ ووٚوُر ونان۔

۳/ ٹوپہِ کأم کرن وأ لِس چھِ ٹوپہِ گوٗر ونان۔

۴/ قالین ووٚنن وأ لِس چھِ قالباف ونان۔

۵/ سونہٕ وٚس بناون وأ لِس چھِ سوٗنُر ونان۔

۶/ بانن قلاے کرن وأ لِس چھِ قلایہ گر ونان۔

۷/ ترأمہٕ بانہٕ بناون وأ لِس چھِ ٹھانٛٹھُر ونان۔

۸/ میژِ و بانہٕ بناون وأ لِس چھِ کرٛال ونان۔

۹/ نیہٕ مٔژ تیر رچھن وأ لِس چھِ پوہل ونان۔

۱۰/ رنٛگ کرن وأ لِس چھِ رنٛگر ونان۔

۱۱/ پلون روف کرن وأ لِس چھِ روٗفگر ونان۔

۱۲/ آب سارن وأ لِس چھِ پانٛیُر ونان۔

۱۳/ زمین ژٹن وأ لِس چھِ تبردار ونان۔

۱۴/ نمہٕ بناون وأ لِس چھِ نمہ گوٗر ونان

۱۵/ ژوچھِ بناون وأرلس چھِ کانٛدُر ونان۔

(نمدٕ گوٚر، کانٛدُر، پانٛیر، رنٛگُر، کرٲل، مونٛجہِ گوٚر،ٹوٚپہٕ گوٚر، قالباف، وٚوُر، ٹھانٛٹھُر، قلایہِ گر، روفگر، سوٗزُر، پوٚہل، تبردار)

7/ پنٛنِس شہرس/قصبس/گامس منٛز وُچھِو کانٛہہ پرأنۍ عمارت تہٕ تتھ متعلق لیٚکھِو ستھ جُملہٕ؟

جواب: وُچھِو پیٚتھی گائیڈس منٛز ''کینٛہہ مضمون'' عنوانس تحت۔

☆☆☆

(16)

# ڈاکہٕ وول

خُلاصہٕ :- ڈاکہٕ وول چھُ ڈاک ہٕنٛد واتان۔ اَکِس زنہِ ہٕنٛدی نیٚچوی چھِ آسان کٔشیرِ پیٹھ پنجاب مزوٗری کرنہٕ باپتھ گٔمتۍ۔ پتھ کالہِ اُسی اکثر کاشری گامی پنجاب گرٛشھان۔ موج ییلہِ ڈاکہٕ وأ لِس وُچھان چھےٚ، کریکھ چھس لایان زِ یپاری وولہِ۔ مےٚ چھِ ژور نیٚچوی، رمہٕ، اوشُر، عمہٕ تہٕ سُبحان، ژوشوے چھِم پنجاب گٔمتۍ۔ مےٚ اُسی کاہ شُری زاےمتۍ، ترٛے موٗدِم تہٕ اَٹھ چھِم زندے۔ شوٗٹھہِ موٗ دلوکہٕ چے خاوند۔ مےٚ ونتہٕ نیٚچوٚن ہٕنٛز خوش خبراہ۔ تِمو ماپرٛژھے موختہِ، فضہِ تہٕ فرضہِ ہٕنٛز خبر۔ فضہِ کُیت ماچھکھ پلوٚ بُج گانہٕ سوٗزمُت۔ موج چھےٚ فضہِ ونان زِ ڈاکہٕ وأ لِس دِمو بخشأیِش، توٚملہٕ پیالاہ وال تہٕ تراوُس ہلمس منٛز۔ شُرٚن ہٕنٛز موج چھےٚ ڈاکہٕ وأ لِس ونان زِ تامتھ بیٛہہ تہٕ مےٚ ستۍ کرکتھاہ باتھامیون گدُرن بوز۔

## ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| بُج گانہٕ | : | شُری سُند پلو |
| افسانہٕ | : | دلیلہِ کتھ |

چینی پیالہٕ : چاے چینک چینو پیالہٕ

خوش خبر : رِژ خبر

تاون پیوٚن : مُصیبت۔گاٹہٕ یِن۔

## 2۔ جواب لیکھِو؟

۱/ ڈاکہٕ واٗلِس کُہنز خبراتر چھےٚ پرٛژھنہٕ یِوان؟

جواب: ڈاکہٕ واٗلِس چھےٚ شُرِ بن ہنز خبراتر پرٛژھنہٕ یِوان۔

۲/ رمہٕ، عوشُر، عمہٕ تہٕ سُبحان کتہٕ اٗسی؟

جواب: رمہٕ، عوشُر، عمہٕ تہٕ سُبحان اٗسی پنجاب گمُتی مزوٗری کرنہٕ۔

۳/ ڈاکہٕ واٗلِس کیا آو بخشاٗیشہِ رٔنگی دِنہٕ؟

جواب: ڈاکہٕ واٗلِس آو بخشاٗیشہِ رٔنگی ژھٹہٕ نےٚ توٚملہٕ چینہِ پیالہٕ دِنہٕ۔

۴/ شُرِ بن ہنز موج کیا کیا چھےٚ ڈاکہٕ واٗلِس پرٛژھان؟

جواب: موج چھےٚ ڈاکہٕ واٗلِس شُرِ بن ہنز خبراتر پرٛژھان۔ دپان چھس میانین شُرِ بن کتھہٕ پاٗٹھی روٗد یوٗت صبر زِ موختہٕ ہنز خبراتر تہٕ پرٛژھہٕ ہے نہٕ۔فرضہِ ہُنٛد موہٕ تہٕ سُبحان چھاوارے۔فضہِ کُیت کیازِ سوٗ زُکھ نہٕ بج گانہٕ۔

3/ ڈاک خانہٕ کِس افسرس لیکھِو چِٹھی یتھ منز علاقہٕ کِس ڈاکہٕ واٗلِی

ہتٕز رٕژِ کامہٕ ہِنٛدی تعریف آسن کرنہٕ آمتیٕ ؟

جواب: وُچھو ''کینٛہہ چِٹھہٕ تہٕ درخواست'' یِمہٕ گائیڈٕکس انٛدس پیٹھ۔

4/ یِمن موضوعن متعلق لیٚکھِو مضمون: ڈاکہٕ وول، میانٛی موج۔

جواب: وُچھِو پیٚتھی گائیڈس منٛز ''کینٛہہ مضمون۔''

5/ نظمہٕ ہِنٛدِس ژوٗرِمس بنٛدس گرِو وٚژھنے؟

کِتھہٕ پاٹھی آو یوٗت تٔمن صبرے

موختہٕ ہتٕز کونہٕ پرٛژھہٕ ہہے خبرے

کونہٕ سوٗزُکھ فضہٕ بج گانے

روز دما بوز افسانے

وٚژھنے: موج چھےٚ ڈاکہٕ وأنِس وَنان زِ میانٛین نیچوٚ ٮن کِتھہٕ کٔنی آو قرار، نہ آیہٕ گرٕ تہٕ نہ پرٛژھ ہےَ موختہٕ ہتٕز خبرات۔ فضہٕ کٔیت کیازِ سوٗزُکھ نہٕ بج گانہٕ۔ دیان چھےٚ ڈاکہٕ وأنِس زِ بٕرٕژِس کھنٛڈس روز مےٚ نِش، یہٕ بوزٕ ناوتھ پٔنُن گُدرُن، پٔنٕی دٔلیل۔



(17)

# رَتھ

<u>سبقُک خلاصہٕ</u> :- رتھ چھُ آکسیجن تہٕ خوراک جسمہٕ کہِن سارنے تانَن تام واتناوان۔ رتھ چھُ اکھ بےٚ رنگ آب یتھ منٛز بے شُمار دانہٕ ہوی پیران چھِ آسان۔ یم دانہٕ چھِ ترٚیِیہ قسمہٕ۔ ووزٕلی دانہٕ، چھٕتی دانہٕ تہٕ خوٚنہٕ ژژچہٕ۔ خوٚنک ووزُل مادٕ چھُ ہیمو گلوبین۔ یہِ چھُ شِشترُو مرکب۔ یُہے ووزُل مادٕ چھُ شوٚشہِ منٛزٕ آکسیجن حاصل کران تہٕ بدٕنکس انگس انگس واتناوان۔ چھٕتی رتہٕ پھٕلی چھِ جراثیمو نِش بدنُک بچاو کران۔ سفید رتہٕ پھٕلی چھِ جراثیمن ختم کران۔ خوٚن چھُ بدنَس منٛز نالبو رۆس غذوٗ دَن ہنٛدی ہارموٗن تہٕ رَس اورٕ یورٕ نوان۔ خوٚن چھُ بدنس منٛز پرٕتھ جایہِ ہشی گرمی قایٔم تھاوان۔

ا۔ لفظ تہٕ معنی

| لفظ | : | معنی |
|---|---|---|
| پاس | : | انٛد۔ طرف |
| بدن | : | جسم |
| ژٔم | : | مُسلہٕ |

جراثیم : لوٗکٹ کیٖمہٕ یِم صرف خوردبینہِ سٍتی بوزنہٕ چھِ یوان۔

خوردبین : سُہ آلہٕ یِمہِ سٍتی واریاہ لوٗکٹ چیز بۆڑ بوزنہٕ یوان چھُ۔

رتھ : خوٗن

ژھیٚٹھ : ہُریومُت بےکار مواد۔

کھوکھر : یُس اندٕری خألی آسہِ۔ژھوٗژ۔

انگیٹھی : بُخأری

## 2۔ جواب لیکھِو؟

۱/ ہیموگلوبِن کیا گوٚو؟ یہِ کیا کأم چھُ کران؟

جواب: ہیموگلوبِن (Heamoglobin) چھُ خوٗنک ووزُل ماد۔یہِ چھ شِشتٕرُ و مرکب۔آکسیجنس سٍتی رٕلتھ چھُ یہ ماد عارضی پأٹھی ووزُل رنگ دِوان۔یُہے ووزُل ماد چھُ شُشہِ منٛز آکسیجن حأصِل کٔرِتھ سُہ بدنس منٛز پرٛتھ جایہِ واتناوان۔

۲/ رتھ کیازِ چھُ ووزُل آسان؟

جواب: ہیموگلوبِن چھُ سُہ ووزُل ماد یُس آکسیجنس سٍتی رٕلتھ رتس ووزُل رنگ دِوان چھُ مگر یہِ رنگ چھُ عارضی آسان۔

۳/ووزٕلی رتہٕ پھٔلی کیازِ چھِ انسانہٕ سٕندِ باپتھ ضروری؟

جواب: یِم چھِ انسانس منٛز طاقت تہٕ گرمی پأدٕ تہٕ کران تہٕ قأیِم تہٕ تھاوان۔

۴/ چھٹی رتہٕ پھٔلی کتھہٕ چھِ انسانٕہ سٕنٛدِ بدنُک بچاو کران؟

جواب: یِم چھِ مُضر جراثیمن ختم کران۔ یتھہٕ پأٹھۍ چھُ انسانٕہ سُنٛد بدن بیمارو نشہِ بچان۔

۵/ رتہٕ ژرٕچن ہُنٛد کیٛا فأیدٕ چھُ؟

جواب: رتہٕ ژرٕچہِ چھےٚ چھوکو منٛز رتھ ہیرتھ ژلنہٕ نِش رُکاوان تہٕ چھوکھ بُلراونس منٛز مدد کران۔

۶/ رتہٕ داوُل کیٛا گوٚو؟ اَمِچ کأم کیٛا چھےٚ؟

جواب: رتہٕ داوُل چھُ رتہٕ آبس منٛز اکھ جُزیُس رتہٕ پھلین أندۍ أندۍ ولنہٕ یِوان چھُ۔ اَمِچ کأم چھےٚ رتس منٛز داوِ ہش بٔنتھ رتس منٛز شروٗگن تہٕ رتہٕ آبس ہیوٚرگن دکہٕ دِین۔

۷/ رتھ کیٛا کأم چھُ انسانٕہ سٕنٛدِس جسمس منٛز کران؟

جواب: (۱) رتس منٛز موجود ہیموگلوبِن چھُ شُشہِ پیٹھہٕ بدنٕکس اَنٛگس اَنٛگس تام آکسیجن واتناوان (۲) رتھ چھُ شروٗپمُت غذا بدنٕکس پرٕتھ تانس تاں واتناوان (۳) رتھ چھُ جسم بیمارو نشہِ محفوظ تھاوان۔

3/ دِنہٕ آمتین جُملن بدلأوِو معنہِ بدلاونٕہ ورأے صوٗرت؟

| جُملچ بدلاونہٕ آمٕژ صوٗرت | جُملچ گوڈنچ صوٗرت |
|---|---|
| سہٕ ژوٗل نہٕ تِکیا زِ سہٕ اوس بُڈ | اُسہٕ ہیوٚک نہٕ بُڈ آسنہٕ سیٚہ ژٔلِتھ |

| | |
|---|---|
| ۲۔ سُہ ہیوٗک نہٕ دَب لگنہٕ سبہٕ ژٔلتھ | سُہ ژوٗل نہٕ تِکیازِ تس لوٗگ دَب |
| ۳۔ سُہ ہیوٗک نہٕ بٔیہ وال آسنہٕ سبہٕ ترقی کٔرِتھ | تٔمۍ کٔر نہٕ ترقی تِکیازِ سُہ اوس بٔیہہ وال |
| ۴۔ سُہ ہیوٗک نہٕ ٹریفک روٗڈٕ گژھنہٕ سبہٕ سُلہِ وٲتِتھ | سُہ ووت نہٕ سُلہِ تِکیازِ ٹریفک اوس روٗڈٕ گوٗمُت |
| ۵۔ سُہ ہیوٗک نہٕ کمہِ تام مجبوری سبہٕ سانہِ روٗزِتھ | سُہ روٗد نہٕ سانہِ تِکیازِ تس اٲس کیاہتام مجبوری |

**4/أ اَکِس اَکِس موضوعس متعلق لیکھِو پانژھ پانژھ جُملہٕ؟**

جواب: (۱) ووزِلی رتہٕ پھٕلی: رتھ چھُ مختلف دانَن ہُنٛد بنیومُت۔ یتھ منٛز ووزِلی رتہٕ پھٕلی تہِ چھِ۔ یِم چھِ لدریرٕ سان آسان۔ سبٕٹھاہ زیادٕ آسنہٕ سبہٕ چھُ عارضی پاٹھۍ ووزجار دِوان۔ یِم چھِ اُڈ جن ہنٛزِ وسہِ منٛز بنان۔ یِم چھِ کھوٗھری تہٕ ربٕرکی پاٹھۍ نرم آسان۔

(۲) چھٕتی رتہٕ پھٕلی: یِم رتہٕ پھٕلی تہِ چھِ خوٗنک اکھ جُز۔ یِمن چھنہٕ کانٛہہ مستقِل شکل آسان۔ یِم چھِ اٲوِجہِ کھوتہٕ اٲوِجہِ رگہِ منٛز اٲژِتھ نیرِتھ ہیکان۔ چھٕتی رتہٕ پھٕلی چھہِ جراثیمن ختم کران۔ یِم رتہٕ پھٕلی چھِ مکمل سیلہٕ تہِ۔

(۳) رتہٕ آب: یہِ چھُ لِدریرٕ سان صاف آب۔ اتھ منٛز چھِ رتہٕ پھٕلی

بہ وان رتہٕ آلس منٛز چھُ آکسیجن تہٕ کاربن ڈائی آکسائیڈ تہٕ

آسان۔ رتہٕ آبس منٛز چھُ بیاکھ اکھ جُز تہٕ یتھ رتہٕ ڈاوُل ونان

چھِ۔ یہ چھُ رتہٕ پھلین أندرٕ أندرٕ ولنہٕ یوان۔

5/ یمن سائنسی اصطلاحن ہِنٛدی ہِوِس ہوی کأشرِ اصطلاح ژأرِو

سبقہٕ منٛز؟

جواب: ووزٕلی رتہٕ پھٔلی Red Blood corpuscles

| | |
|---|---|
| یڈٕ دار | concave |
| دٔژ دانہٕ | Nucleus |
| کھوکھر ماد | Storma |
| خوٗنک ووزُل ماد | Heamoglobin |
| کولہٕ ژٕنہٕ | Coal |
| خوٗنہٕ ژٔژچہٕ | Blood Platelets |
| چھٔتی رتہٕ پھٔلی | White Blood corpuscels |
| رتہٕ آب | Plasama |
| پوٗہ | Splean |
| رتہٕ داوُل | Fibronogen |

6/ خأل جایہ پُرِو؟

جواب: وُچھو پیتھ گائیڈس منٛز" کیٛنہہ جٔٹھِ تہٕ رخواست"

## 7/ یم لفظ گریوٗکھ جُملن منٛز استعمال؟

جواب:لفظ : جُملہٕ

چھوکھ : (۱) محمد انورس لوٗگ دَب تہٕ کلس آس چھوکھ

(۲) زامتِس دودس دِزِ چھوکھ

پھوکھ: (۱) تمُس چھُ بُتھِس پھوکھ کھوتمُت۔ (۲) سماوارس دِپھوکھ۔

دوکھ: (۱) چانوِ کتھوٕ ستیٚ ووت مےٚ دوکھ۔

سوکھ: (۱) نُوس مکانس منٛز ووت تس سوکھ۔

موکھ: (۱) ژےٚ چھےٚ از موکھ پر بزلان۔

## 8/ انسان سٕنڈِ جسمہٕ کین أندرِمین تہٕ نیبرِمین تانن ہٕنٛدی ناو لیکھِو؟

جواب: أندرِم تان: وأنج، کرٛ ہہنہٕ ماز، شوٗش، اندرم، پوٚ ہ، میادِ۔
نیبرِم تان: اتھہٕ، زنگ، نس، کَن، کلہٕ، ئر، آس، پھیکِہ، ہوٕنگٕز۔

## 9/ یمن ناوتن ہنٛز جمع صوٗرت دِیِو؟

| واُحد ناوُت | جمع ناوُت | واُحد ناوُت | جمع ناوُت |
|---|---|---|---|
| مٕٹ | مچہٕ | وٕٹ | وچہٕ |
| پٕٹ | پچہٕ | گٕٹ | کچہٕ |
| ژٕژٕٹ | ژژچہٕ | لٕٹ | لچہٕ |

| أٹ | اچہٕ | ہۆل | ٲلہٕ |
|---|---|---|---|
| یُٹ | ٲچہٕ | کۆل | ٲگلہٕ |
| گۆل | ٲگلہٕ | وۆل | ڈٲلہٕ |
| توٗل | تُلہٕ | پھۆل | پھٲلہٕ |

**10**/ سماوارس متعلق لیکھِو داہ جُملہٕ؟

جواب: وُچھِو پیتھی گائیڈس منز ''کیٛتھہ مضمون'' عنوانس تحت۔



# گرامر

لفظ :-کانٛہہ تہٕ بولنہٕ آمُت وۄنُت گۄو لفظ (Word) باسے تتھ
أسی تن یا متہٕ أسی تن۔لفظ چھِ بنان اچھرن(lphabet
ہِنٛدِ رلنہٕ سِتیٛ۔مثالے ک + ن = کن ۔ ر + ا + تھ = را
ک+ت+ا+ب = کتاب۔

جُملہٕ:- وارِیاہ لفظ رلاونہٕ سِتیٛ چھُ جُملہٕ بنان۔جُملہٕ گۄو مکمل بیان
کتھ۔مثالے راتھ+پٔر+اسہِ+نٔو+کِتاب= راتھ پٔ
نٔو کتاب۔بہٕ+چھُس+کرکٹ+گنٛدان=بہٕ چھُس کرکٹ گنٛدان

ناوُت:- (اسمNoun) کُنہِ خاص یا عام چیزُک،جایہ ہُنٛد ،شخصہٕ
زُو ذاژ ہُنٛد ناو گۄو ناوُت مثالے اقبال،ڈاکٹر شیٛخ محمد اقبال،
کُلگام،پینٛسل ،اجنٛتا پینٛسل ،گاو،جرسی گاو،پوٛنٛپر ،چھٹہِ پوٛنٛپر۔

<u>ناوِتکی کینٛہہ قسم:</u>

(ا) خاص ناوُت:-(اسمِ خاصProper Noun) کُنہِ خاص چیزُک
جایہِ ہُنٛد یا نفرِ سُنٛد ناو گۄو خاص ناوُت مثالے اجنٛتا پینٛ
کُلگام، جرسی گاو،ڈاکٹر شیٛخ محمد اقبال۔

(۲) عام ناوُت:-(اسمِ نکرہCommon Noun) کُنہِ

چیزُک، جایہِ ہُنْد یا نفرِ سُنْد ناوگوٚو عام ناوُت مثالے پینسِل، گام، گاو، اقبال۔

(۳) جمأژ ناوُت (اسم جمع Collective Noun) کانٛہہ سُہ ناوُت یُس واحد باسان آسہِ مگر معنہِ نیرِ بس جمع ناوِتیگ، تہٕ دِپتھ گوٚو واریاہن چیزن یا نفرن ہِنٛز چھوکھ یا جماعت مثالے کھیوٚل، فوج، تگ، قوم، پنگتھ، پارٹی۔

(۴) مأدی ناوُت (اسم حقیقی Material Noun) تمن چیزن چھِ مأدی ناوُت ونان یم تولنہٕ تہٕ میٖنٕہٕ یِوان چھِ یا یمو ستیٚ مختلف چیز تہٕ بناونہٕ یِوان چھِ مثالے دود، توٚمُل، تیل، کپُر، سرِتل۔

(۵) اکایِژ ناوُت: (اسم غارِ حقیقی Abstract Noun) اکأیِژ ناوُت گوٚو سُہ ناوُت یُس کانٛہہ حرکت، کانٛہہ حالت یا کانٛہہ معیار ہاوِ تہٕ یُس نہٕ کُنہِ رنگہِ ٹھوس یا ٹوکہٕ آسہِ مثالے مینچھر، خوبصورتی، کأژکل، دگ، غم، ایماندأری۔

<u>تعدادِ حسابہٕ ناوِتکی قسم:</u>

(۱) واحد ناوُت: (Singular Noun) صرف أکِس شخصہِ سُنْد، چیزُک یا جایہِ ہُنْد ناوگوٚو واحد ناوُت مثالے داند، شُر، ژٔر، بطخ، ہأر، کانٛدُر، پوٚر۔

(۲) جمع ناوُت: اکہِ کھوتہٕ زیادٕ شخصن، چیزن یا جاین ہُنْد ناوگوٚو جمع ناوُت Plural Noun مثالے شُری، ژرٕ، بطخ، ہار، کانٛدری، پوٚری۔

## جنسہِ حسابہٕ ناوِتلکۍ قسم:

(۱) نرناوُت:(مذکر اسم Masculine) نر زُو ذاتُن ہنٛدۍن ناون چھِ ''نر ناوِتی'' ونان مثالے ہوُن، داند، بیمہٕ، کٕٹھ، کوتُر، ماسُو، پیٚتر، مول، کاو۔

(۲) مادٕ ناوُت(مونث اسم Feminine) مادٕ زُو ذاتُن ہنٛدۍن ناون چھِ مادٕ ناوِتی ونان مثالے ہوٗنی، گاو، بینٕہ، گٔب، کوٕتر، ماس، پیٚچھنی، موج، کاوٕنی۔

(٦) اِشارٕ ناوُت:(اسم ضمیر Pronoun) یُس ناو کُنہِ ناوتہِ بدلہٕ ورتاونہٕ یِیہ تتھ چھِ ونان اِشارٕ ناوُت مثلن سُہ، أسی، تِم، ہُم، یِم۔

## اشارٕ ناوِتلکۍ قسم:

(۱) شخصہٕ اِشارٕ ناوُت:(Personal Pronoun) یُس ناوُت کانٛسہِ شخصہٕ سِنٛدِ ناوِ بدلہٕ استعمال کرنہٕ یِیہِ، سُہ گوٚو شخصہٕ اِشارٕ ناوُت مثلن بہٕ، أسی، ہُہ، ہُم۔

(۲) ہاون اِشارٕ ناوُت:(Demonstrative Pronoun) یُس ناوُت چیزس، شخصس یا جایہِ کُن اِشارٕ کرِ تتھ چھِ ونان ہاون اِشارٕ ناوُت مثلن یہِ، یِم، ہُم۔

(۳) بےٚ شٕکہٕ اِشارٕ ناوُت(Indefinite Pronoun) یِم ناوِتی کانٛسہِ شخصس یا کُنہِ چیزس کُن اِشارٕ کرن مگر غاٗر واضح آسن تِمن چھِ ونان بےٚ شٕکہٕ اِشارٕ ناوِتی مثلن کانٛسہِ، بیٚیہِ، تھٕ، کینٛہ، کیٚژھن،

کھِ یاہ، ہرکانْہہ، وار یاہ۔

(۴) رلاونِ اِشارِ ناوُت(Relative Pronoun)یُس اِشارِ ناوُت دون جُملن یا جُملہِ اڑن رلاوان آسہِ، سُہ گوٚو "رلاون اِشارِ ناوُت"، مثلن یم، تیٚمی ہِنْد، یوسہِ، یَس، تیٚمِس۔

(۵) پرٛژھن اِشارِ ناوُت(Interrogative Pronoun)-ییمہِ اِشارِ ناوتہِ ستیٚ کانْسہِ شخصُس یا کینژن شخصن سوال پرٛژھنہٕ یِن سُہ گوٚو پرٛژھن اِشارِ ناوُت مثلن کُس، کَمِس، کَمی سُنْد، کسُنْد، کُہنْدِ، کُہنز۔

(٦) بأگرن اِشارِ ناوُت(Distributive Pronoun)یم اِشارِ ناوِتی پرٛ ہتھ کانْسہِ نفرِ ہِنْدِ یا چیز باپتھ بیوٚن بیوٚن ورتاونہٕ یِوان چھِ تِمن چھِ بأگرن اِشارِ ناوِتی ونان مثلن پرٛ ہتھ، پرٛ ہتھ کانْسہِ، سأری، دوشوَے۔

(٧) مِلکیژ اِشارِ ناوُت:(Possessive Pronoun)یُس اِشارِ ناوُت مأِلکانہٕ حقوقِ یا مِلکیت ہاوِ، سُہ گوٚو مِلکیژ اِشارِ ناوُت مثلن میون، چون، تہُنْد، تِمی سُنْد، سون، تُہنْد۔

کراوُت: (فعل۔Verb)سُہ لفظ یُس کُنہِ ناوِتچ کانْہہ کأم، حرکت یا تمنٔگ آسُن ہاوان آسہِ، امہِ بغأر ہیکہِ نہٕ کانْہہ جُملہِ أسی تھٕے مثلن پرُن، لیٚکھُن، ژلُن، اسُن، کراوتس منٛز چھُ کانْہہ نہ کانْہہ زمانہٕ موجود آسان۔

ڈکھہِ کراوُت: (Auxiliary Verb)یُس لفظ کُنہِ جُملس منٛز کراوِتس

کال (Tense) ورتاونس منز مدد کرِ مثلن چھُ چھےٚ ،اوس،
اوسُکھ ،اکرم چھُ کرکٹ گنڈان'' اتھ جملس منز چھُ ''چھُ'' لفظ ڈکھہِ کراوُت۔

ہُر کراوُت: (مفعول۔adverb) تم لفظ یم کراوِچ یا باوتچ باوتھ کران آسن تہٕ یمن ہُند اندازٕ وقت یا جاے ہاوِ مثلن ژیری، ہپأری، ہورتام، ہکہٕ، سُلی، کُنہِ وِزِ، الہٕ پلہٕ۔

کرٛاوُل: (فاعل Subject) تم لفظ گیہِ ''کراوُل'' یم کُنہِ جُملَس منز کأم کرن وأرلس بیان کرن یا زِ کأم کرن وول گوٚو کراوُل مثلن مےٚ ،اکرم ،سُہ ،بیور۔ مےٚ کھیوٚو بتہٕ ،سُہ اوس پکان، بیور ژوٚل پوٚت آنگن ،اکرم گوٚو چھوکہٕ لد۔

کرووُمت: (مفعول Object) یمن ناوتہن پیٹھ کانٛہہ کأم سپد یمتٕ آسہِ یا سپدان آسہِ گیہِ ''کرووٕمتؠ'' مثلن اکرمن چوٚو دود، محمودن تُجِ دَو، گوٗرِس ژٕج گاو، یمن جُملن منز چھِ ''دود، دَو، گاو، کرووٕمتؠ''۔

باوُت: (صفت Adjective) باوُت گوٚو تیُتھ کانٛہہ لفظ یُس ناوتیٚک کانٛہہ صِفت ،انہار یا کانٛہہ خأصیت ہاوِ مثلن کاژُر، مچھہِ ٹیٛچل، ہوٚل، یاوٕ، رُت، کھریفہٕ۔

کال:(Tense) کال گوٚو زمانہٕ۔ زمانہٕ چھِ ترٛےٚ:

(۱) پتھ کال:(ماضی Past) سُہ کال یتھ منز کراوِچ حالت گُذریمتٕس زمانس منز باوتہٕ آسہ آمٕژ ،تتھ چھِ پتھ کال وَنان مثلن چوٚو، ژٕج،

گیٚند، یم جُملہٕ وُچھِو: اکرمن چوٚو دوٚد، گوٗرِس ژٔج گاو۔ شُربو گینٛڈ اوترِ کرکٹ۔

(۲) از کال: (حال Present Tense)۔ تِتھ جُملَس منٛز کراوِتھ حرکت موجود زمانہٕ باوان آسہِ تتھ چھہِ از کال ونان مثلن لیکھان، گِنٛدان، کھیوان ۔ شُرٕ چھہِ کرکٹ گِنٛدان، روٗد چھُ وُنہٕ تہٕ پیوان۔

(۳) ینہٕ وول کال: (مُستقبِل Future Tense)۔ییلہِ کراوِتھ حرکت ینہٕ وأٔلِس زمانَس منٛز ہاونہٕ ییہِ یا ییلہِ کامہِ ہُنٛد تعلق ینہٕ وأٔلِس زمانَس ستی آسہِ، یُس لفظ ییہِ صورت حال ہاوان آسہِ سُہ گوٚو ''ینہٕ وول کال''، مثلن گِنٛدِ، ییہِ، پگاہ، کأٔلی کیتھ، نِو رہتہٕ، پگاہ آسہِ تاپھ، رِزلٹ ونن نِو رہتہٕ، پٔڑھی ہین کأٔلی کیتھ۔



# کینٛہہ مضمون

(۱)

## میون دوس

مےٚ چھِ واریاہ دوس مگر توقیر احمد چھُم ساروٕے کھوتہٕ ژوٹھ۔ أسی چھِ أکی سے محلس منٛز روزان۔ أسی دوشوٕ وَے چھِ أکی سے سکوٗلس منٛز اِژھمہِ جماعژ پران۔ أسی چھِ سکوٗل یکہٕ وٹہٕ گژھان۔ ژورِ بجہِ چھِ گرِ تہٕ یِوان یکہٕ وٹہٕ۔ توقیر احمدٕنٕ مُمی چھےٚ مےٚ سخ ٹاٹھِنیار کران۔ میأنی مُمی تہِ چھےٚ توقیر صابس لول بران۔ توقیر صابٕنٕ مول چھُ جنگلات محکمس منٛز مُلأزِم۔ توقیر صاب چھُ واریاہ قأبِل۔ سُہ چھُ کلاسُک مانیٹر۔ سکوٗلہٕ کہِ کرکٹ ٹیٖمُک کپتان تہِ چھُ سُے۔ تٔمِس چھِ سأری ماسٹر جی پیار کران۔ توقیر احمد چھُنہٕ ژٕہے اپُز ونان۔ سُہ چھُ پرٕنتھ کأنٛسہِ مدد کران۔ سُہ چھُ اکھ شریف لڑٕکہٕ۔ وقتس پیٹھ چھُ پرٕنتھ کانٛہہ کأم کران۔ سُہ چھُ واریاہ صفأیی پسند۔ مےٚ چھُ تِتھِس دوستس پیٹھ فخر۔ سُہ چھُ یِوان پرٕنتھ امتحانس منٛز فٔسٹ۔ سأری لڑٕکہٕ چھِ توقیر احمدس عزت کران تہٕ تس سٟتی دوستانٕہ لاگنٕچ کوٗشش تہِ کران۔



(۲)

# حضرت شیخ حمزہ مخدوم کشمیری

حضرت شیخ حمزہ کشمیریؒ چھِ 900 ہجری منز زأنہٕ گیر علاقہٕ کِس تُجر گامس منز زاہتی۔ بابہٕ صأبُن اوسُکھ ناو شیخ عُثمان تہٕ ماجہِ مریم۔ لوکہٕ چارِ پیٹھے اۘسی خوش کلام تہٕ پزٕ یأری۔ پرٕنگ، گُرٕ سوارِ ہُنٛد تہٕ تیر اندأزی ہُنٛد اوسُکھ شوق۔ خاموشی تہٕ تنہأیی اۘسی پسند کران۔ گِنٛدنس تہٕ آوارٕ شُر بن ہٕتی نِشہٕ نس منز اۘسکھ نہٕ دِلچسپی۔ کم زیادٕ تعلیم کٔرِکھ گرس منزٕ ے حأصِل۔ امہِ پتہٕ آیہِ یم سری نگر سوزنہٕ، یتہِ شمس چک نِس خانقاہس منز تھٔز تعلیم حاصِل کٔرِکھ۔ سرینگرٕ کٔر تِمو قرآنِ شریف علاوٕ تفسیر، حدیث، منطق، فقہ تہٕ درود وازکارن ہنٛز تعلیم حأصل۔ تِم اۘسی مادرزاد وٕلی۔ تِمن اوس عٔلمس، گاٹہٕ جارس، عباداتن تہٕ روٗحأنیتس منز واریاہ تھٔز رحأصل۔ لوٗکن اۘسی رٕژ کامہِ تہٕ کُنِس خدایہِ سٕنٛز عبادت کرنٕچ تعلیم دِوان۔ وٕقتکی ناماوار عأِلم تہٕ مشأیخ اۘسی تِہنٛدی ژاٹھ۔ یِمن چھِ سُلطان العارفین تہٕ مخدومؒ صأب تہِ ونان۔ 24 صفر 984ھ کُیت نیوٗکھ تِیمہِ دُنیاہ منزٕ تشریف۔ تِم آیہِ کوہِ مارانٛس پیٹھ تتہ جایہِ نکھے اوسوٕ کرنہٕ ییٹٛھن واریہس کالس عبادت کران اۘسیٕ۔ اوہنٛد درگاہ چھُ فأض تہٕ برکتُنگ مرکز۔ اتہِ چھےٚ لوٗکن ہنٛزٕ رٕج آسان لگتھ۔ پرٕ ہتھ وٕریہِ چھُ اوہنٛد ووٗرُس 24 صفرس آونہٕ یِوان۔

(۴)

# جامع مسجد سرینگر

سری نگرِ چ جامع مسجدُ یتھ بٔڈ مٔشید وِنان چھِ چھےٚ شئے ہتھ وٕری کھوتہٕ تہِ زیاد پرأنۍ۔ یہِ أس سُلطان سِکندرن 1402ء منٛز بنأومٕژ۔ 1479ء منٛز گیہِ نارٕ ستۍ شہید۔ سلطان محمد شاہ سٕندۍ فوجی کمانڈر ابراھیم ماگریَن کٔر نوِ سرٕ تعمیر۔ موغُل بادشاہ جہانگیرٕ سٕندِس زمانس منٛز گیہِ بیٚیہِ نارٕ ستۍ شہید تہٕ سَدٕہَن وٕرِین منٛز آیہِ دُبارٕ تعمیر کرنہٕ۔ تریٚمہِ پھِرِ گیہِ اورنگ زیب سٕندِس زمانس منٛز تہِ نارٕ ستۍ شہید 1674ء منٛز۔ نوِ سرٕ تعمیر کرنس لٔگس ترےٚ وٕری۔ ڈوگرٕ مہاراجن ہٕنٛدِ زمانہٕ پیٚٹھہٕ از تام آیس واریاہ لٹہِ مرمت کرنہٕ۔ دیوار بٔندی آیس کرنہٕ۔ بُرزٕ پٔشِ بدلاوِتھ آس پٔشس ٹین دِنہٕ۔ مسجدِ ہُنٛد پٔش چھُ 378 تھٔن دیودأرۍ تھٔمبن پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ تھٔمب چھِ 25 پیٚٹھہٕ 50 فُٹ تام تھٔدۍ۔ پرٕ یتھ گُنہِ تھٔمبس چھُ لیپٹہٕ ستھ فُٹ۔ مسجدِ چھُ شُمال جنوب اندٕ 384 فُٹ زیٚچھر تہٕ مشرق مغربہٕ اندٕ 381 فُٹ کھجَر۔ یتھ منٛز باگ 245 فُٹ زیٚوٗٹھ تہٕ 234 فُٹ کھوٚل صحن تہِ شأمِل چھُ۔ اتھ مسجدِ منٛز چھِ اکہِ وقتہٕ 33,333 نفر نماز ہیٚکان پرِتھ۔



(۴)

# ریڈ کراس سوسائٹی تہٕ اَمِچ کأم

(ریڈ کراس سوسائٹی چھےٚ عالمی سوٚتھرِچ اکھ رضاکار تنظیم)۔ یہِ تنظیم بناوُنک خیال کوٚر سُویزرلینڈٕکی أکی باپأری پیش، أمِس اوس ناو ہینری ڈوناںٹ۔ أمی لیٚچھ امہِ مقصدٕ باپتھ اکھ کتاب۔ آخر آیہِ 1863ء منٛز یہِ تنظیم وجودس۔ اَمِکی چھِ کینٛہہ خاص اصول تہٕ یِمنے اصولن پیٹھ چھےٚ یہِ تنظیم کُل عالمس منٛز کأم کران۔ مثالے: انسأنی قدرن رأچھ کرٕنۍ۔ تمام لوٗکن منٛز بأے بنٛدُت قأیم کرُن۔ انسانہٕ سٕنٛدِس زُوس تہٕ صحتس بچاوتہٕ عزت کرُن۔ اِنسانن ہٕنٛدۍ دوٚکھ کم کرٕنۍ۔ مذہبکِس، زأژہٕنٛدِس تہٕ سیاست کِس ناوس پیٹھ انسانن درمیان بین نہ ورتاوُن۔ پرٛتھ انمانہٕ غأر جانٛب دأری ورتاوُنۍ۔ غریبن، محتاجن تہٕ جسمأنی کیٚو ذہنی لحاظہٕ کمزور اِنسانن مدد کرُن۔ آسمأنی تہٕ زمینی آفژن منٛز ہیٚنہٕ آمہٕ تین لوٗکن مدد کرنہٕ باپتھ چھےٚ یہِ تنظیم پرٛتھ ساتہٕ تیار روزان۔ ہندوستانس منٛز آیہِ ریڈ کراس سوسائٹی 1920ء منٛز وجودس۔ جموٗں وکشمیرس منٛز آیہِ اَمِچ شاخ 1947ء منٛز قأیم کرنہٕ۔



(۵)

# میون گام

میئ٘نس گامس چھُ ناو پادشاہ پوٗر۔یہِ چھُ اننت ناگ ضِلعس منٛز أکِس وُڈٕر پیٹھ آباد۔یہِ گام سٮ۪ٹھاہ خوبصورت آسنہٕ کِنۍ چھِ اور سالانٕی تہٕ یِوان۔ اتہِ چھےٚ أندۍ پٔکھۍ صاف آبہٕ چہٕ کولہٕ وُہرۍ وٕرلیس گرزان آسان۔ ہوا چھُ صاف تہٕ تازٕ وُڈٕر پیٹھ چھِ دوٗر دوٗر تام ژوٗنٹھۍ باغ۔میئ٘نس گامس منٛز چھِ ڈوڈ ساس لوٗکھ روزان۔کینٛہہ چھِ زمینداری کران،کینٛہہ کارٕ بار،کینٛہہ مختلف کارکسب تہٕ کینٛہہ نوکری۔ میئ٘نس گامس منٛز چھُ اکھ ہائی سکول زٕ مڈل سکول تہٕ ترٛےٚ پرائمری سکول۔اکھ پرائیویٹ مڈل سکول تہِ چھُ۔میانہِ گامٕکۍ سأری شُرۍ چھِ یِمن سکولن منٛز پران۔میئ٘نس گامس منٛز چھُ اکھ لوکُٹ پرائمری ہیلتھ مرکز تہٕ چاروائن ہنٛدِ باپتھ اکھ ویٹرنری یوٗنٹ تہِ۔پادشاہ پوٗرِس منٛز چھےٚ ریشی صأبنٛز درگاہ تہِ۔اتہِ چھُ پرٛتھ وٕریہِ مارچس منٛز مالہٕ لگان۔میانہِ گامٕکۍ لوٗکھ چھِ شریف تہٕ مہمان نواز۔کانٛہہ چھُنہٕ بداخلاقیہٕ تہٕ ناکارٕ کامہٕ لور۔ میئ٘نس گامس منٛز چھُنہٕ لوٗکھ لڑایہِ ژُوان۔سأری چھِ باین ہنٛدۍ پأٹھۍ روزان۔اتہِ چھِ ترٛےٚ بٹہٕ گرٕ تہٕ، یِم چھِ مُسلمانن ہٮ۪تۍ تہٕ مُسلمان یِمن ہٮ۪تۍ پوٗرٕ بأے بنٛدٕت ورتاوان۔سأری چھِ اکھ أکۍ سنٛدِس دوکھس سوکھس منٛز شأمِل سپدان۔مےٚ چھُ یہِ بٔنٛز گام سٮ۪ٹھاہ خوش کران۔

(٦)

# نشاط باغ

مُغل شہنشاہ شاہِ جہان ہِندی وزیرِ اعظم عاصِف خانن اوس 1634 ءمنز نشاط باغ تعمیر کوٗرمُت ۔یہِ باغ چھُ سرینگر شہرٕ پیٹھٕ کاہ کلو میٹر دوٗر۔ یہِ چھُ زبرون بالہٕ دامہٕ نس پیٹھ ہناہ تھزرس ۔اتہِ پیٹھٕ چھُ ڈل سرُک نظارٕ بوزنہٕ یِوان۔ عاصِف خانن اوس یہِ باغ شالہٕ مارٕ باغِکس طرزس پیٹھ بنوومُت ۔ ساری ہے کشیرِ منز چھِ موغلن ہِندی بناونہٕ آمتی باغ اکی گاچھِ ۔ نشاط باغس تہِ چھِ منزی آبہٕ کول وسان۔ باغس منز چھِ آبشار،فموار تہٕ بالادرِ۔فوارن أندی أندی چھِ بجلی لمپ لاگنہٕ آمتی ۔اتھ باغس منز چھےٚ قداوار بونہِ تہِ۔ بونہِ شِہُل ،فموار،بجلی زوٗل،کولہٕ راد،سبزاسبز پتھُر ،پوشہِ چمن،تازٕ ہواتہٕ آبشار چھِ امہِ باغُک حُسن ہُرراوان تہٕ سالانن تِمبلاوان۔ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھٕ چھِ سالانی اورواتان۔ اتھ باغس چھےٚ أندی أندی قلاے گنٛڈِتھ۔ سالانن چھُ باغس منز اژنہٕ باپتھ معمولی فیس دِین پیوان۔ اسہِ پزِ باغن ہُند حُسن رٹھن ۔باغن منز پزِنہٕ گندگی تراوِنی ۔نشاط تہٕ باقے باغ چھِ کشیرِ ہُند حُسن ہُرراوان۔

(۷)

# ہوٲیی جہازٕکی فاید

(دیان ہوٲیی جہازٕ آو غُبارٕ وُچھِتھ بناونہٕ)۔(18 دسمبر 1853ء منز کوٗر امریکہِ کِنہِ دوٕیو بایو ہوٲیی جہازٕکہِ گوڈنِکہِ وُڈٕوُک کامیاب تجرُبہٕ)۔(اَکِس بأیِس اوس ناو وِلبرٹ رایٹ تہٕ بیٚیس ارِول رایٹ۔) دوٕہس راتس تجربہٕ کٔرِتھ آیہِ آوازِ ہنٛدِ رفتارٕ کھوتہٕ زیادٕ تیز وُڈٕوُنی ہوٲیی جہازٕ بناونہٕ(سایئنس دانو بنأوی راکیٹ تہٕ پایلیٹس ورأے چلن وٲلی ہوٲیی جہازٕ تہٕ)۔

(ہوٲیی جہازٕ چھُ واریاہ فایدٕ دِوان)(اتھ منز چھُ ربتن ہُنٛد سفر گاٹٹن تہٕ گاٹٹن ہُنٛد سفر مِنٹن منز کرنہٕ یِوان)(اتھ منز سفر کرنہٕ ستیٚ چھُ وقت بچان)۔(سفر کرن وٲلِس چھُ آرام واتان)۔ہوٲیی جہازس منز چھُ کھینہٕ چینک انتظام تہِ آسان۔اتِہ چھُ ٹی۔وی تہِ آسان لگتھ۔باتھ روٗمن ہُنٛد انتظام تہِ چھُ آسان۔ہوٲیی جہازن منز چھِ مال تہٕ باقٕے بورتہِ اور یورساران (جنگی جہازٕ چھِ جنگن دوران زبردس کٲم دِوان)۔ہوٲیی جہازس منز سفر کرنس چھُ یِوان زبردس لُطف(ہوٲیی جہازٕ چھُ سائنسک اکھ اہم ایجاد۔امہِ ستیٚ چھینہٕ ماحولس منز زیادٕ اولوٗدگی تہِ ہُران)۔



☆☆☆

(۸)

# ریڈیوٕکۍ فائید

ریڈیو چھُ وارِیاہ فائید دِنہٕ وول سائنسی ایجاد۔ یہِ بنوو سارٕوے بروٚنٹھہ أکِ سائنسدانن یٚیمِس مارکونی ناو اوس۔ ریڈیو ایجاد سپدنہٕ سِتۍ کوٚر انسانن ترقی ہُنٛدا کھ اہم پڑاو سر۔ ٹیلیفونس پیٚٹھ کتھ کرنہٕ باپتھ اوس ضروری زِ یہِ گرٛھہ ہے تارو سِتۍ اورٕ یور جوٗرِتھ آسُن۔ ریڈیوہس چھنہٕ تارن ہنٛز ضرورتھ۔ تارو ورأے چھِ ریڈیو ذٔریعہِ دوٗر دراز مُلکن ہنٛز شیٚچھ خبر اورٕ یور واتان۔ ریڈیو چھُ ووٚنۍ عام چیز۔ ووٚنۍ چھِ تیٚتۍ لوٚکٹۍ ریڈیو تہِ بناونہٕ یوان یِم چندس منٛز تھونہٕ یوان چھِ۔ ریڈیو چھُ بجلی سِتۍ تہِ چلان تہٕ سیلو سِتۍ تہِ۔ ریڈیو چھُ کانٛہہ تہِ انسان پانس سِتۍ اورٕ یور پکناوِتھ ہیٚکانٕ۔ زمیندارن چھِ کھیٚتن منٛز تہِ ریڈیو سِتۍ آسان۔ گاڑِ بن منٛز تہِ چھِ ریڈیو لگِتھ آسان۔ ریڈیوہس تہٕ ٹیلی وِجنس چھےٚ یہِ فرق زِ ریڈیو پیٚٹھہٕ چھُ انسان آوازٕے یوت بوزان تہٕ ٹیلی وِژنہٕ پیٚٹھہٕ چھُ انسان آوازتہِ بوزان تہٕ کتھ کرن وألی سٕنٛز شکل تہِ وُچھان۔ ریڈیو پیٚٹھہٕ چھِ من رنٛزٕونۍ پروگرام نشر سپدان۔ تعلیمی پروگرام تہِ آسان تہٕ زمین زراتس متعلق پروگرام تہِ۔ ریڈیو پیٚٹھہٕ چھےٚ کھیلن ہنٛز کمینٹری تہِ نشر یوان کرنہٕ۔ دُنیاہس منٛز کیتہِ کیٛا چھُ سپدان تہِ سوٗرُے چھُ ریڈیو گرِس گرِس تام واتناوان۔

(۹)

# پانڈ ولُر

(پانڈ ولُرئ پتھ گوو ''پانڈون ہُند مکانہٕ'' کشیرِ منز چھِ تِمن مندرن ''پانڈولرِ'' ونان یِم تِمو راز و تعمیر کرناوِمتی آسی) یِمن ہُند تعلق ہندوستانکس پانڈو خاندانس ستی چھُ اوسمُت) کشیرِ منز چھِ تِتھی مندر پٹن، اونتی پورٕ تہٕ مٹن وُڈر پیٹھ ازتہٕ موجود) یِم کنہِ مندر چھِنہٕ ووُنی صحی حالتس منز مگر اُہُند فن تعمیر وُچھتھ چھےٚ ازتہٕ عقل راوان) دیان پانڈو خاندانکۍ راز. رام دیون اوس سبٹھاہ قدیم زمانس منز مٹن وُڈر پیٹھ سوٗریہ مندر بنوومُت، یتھ مارتنڈ ونان چھِ) خراب گژھنہٕ پتہٕ اوس یہِ مندر راز للتا دتن نوِ سرِ تعمیر کوٚرمُت۔ پانڈولرِ ہن ہنٛدی بٔڈی بٔڈی پل چھِ چوٚنہٕ تہٕ سُرخہِ ورأے تِتھہٕ کُنی اکھا رِکِس پیٹھ لاگنہٕ آمتی زِ کُنہِ جایہ چھُنہٕ دوٚن پلن منز باگ وژھر موجود۔

(۱۰)

# خانقاہِ معلیٰ

خانقاہِ معلیٰ چھُ سرینگرس منز زأنہٕ کدل تہٕ فتح کدلس درمیان وتھہِ ہٕسندِس کوچھس بٹھس پیٹھ۔ اتھ بنیاد چھےٚ حضرت میر محمد ہمدانی ین

ترٲوِمژ ۔ حضرت میر محمد ہمدانی آسی حضرت میر سید علی ہمدٲنی ہِنٛدی فرزند۔سلطان سکندرن کوٚر 1394ء منٛز امیُک اکھ پور مکمل۔1480ء منٛز گوٚو یہِ خانقاہ نارلگنہٕ ستی شہید۔1493ء منٛز کوٚر صالح ماجہِ پنُن زیورتہٕ باقے داش نداش کٔنتھ اکھ بار رقم خانقاہ معلٰی خاطرٕ پیش۔یتھہٕ پاٹھی آو یہِ خانقاہ نوٚ سرٕ شایانِ شان پاٹھی تعمیر کرنہٕ۔صالح موج اُس سُلطان محمد شاہ ہنٛز آشینٛز۔امہِ پتہٕ گوٚو یہِ خانقاہ بیٚیہِ شہید۔ابوالبرکات خانن کوٚر نوٚ سرٕ تعمیر۔لبن تہٕ تالون لِکھہٕ نووٚنس سونہٕ ری میلہِ ستی اورادِ فتحیہ تہٕ قرآن شریفکی آیات۔زیارتُک محراب چھُ خطاطی ہُنٛد شاندار نمونہٕ۔اتہِ چھِ بڈٕہن دوہن پیٹھ تبرکاتن ہنٛز زیارت ہاونہٕ یِوان۔خانقاہ معلٰی ٹھُک مطلبے گوٚو اعلٰی درجُک خانقاہ۔یہِ خانقاہ چھُ سارٕی ہے کٔشیرِ منٛز مقدس مانٕنہٕ یِوان۔

(۱۱)

## اکھ پرٲنی عمارت

(سائنس گامس منٛز چھےٚ اکھ پرٲنی خام سیرٕہن ہنٛز عمارت)۔بزرگ چھِ ونان زِ یہِ آسہِ زٕ ہتھ وٕری پرٲنی۔اتھ منٛز چھےٚ خام سیرِ کٕہے استعمال آمژ کرنہٕ۔بوٚنہِ مہِ پورچہِ سارے لبہٕ چھےٚ یندر دوسن ہنٛز تہٕ بیٚیہِ دون پورن چھس سیرِ۔اتھ ترٕ پور عمارژ چھےٚ نیٚبری کاٹھہِ ہیر کھاٲلتھ۔تاجُب چھُ أندٕ ری کِنی چھنہٕ اتھ ہیر کھارنٕہ آمژ داربود لہٕ چھس ووٚنی ۔یمتھ پورس

چھس نمبر کُن ڈب کڈِتھ۔ اتھ زمانس منز چھِنہٕ شِشتر مین ہُنٛد ربوٲجی اوسمُت۔ لانٛگن، کربن، یکلس تہٕ دارِ ون چھےٚ ترم دِتھ کجہِ تارنہٕ آمژ۔ عمارژ ہنٛدِس بٔنہٕ مس پورس منز چھُ گاوخانہٕ اوسمُت۔ اتھ عمارژ چھُ برزِ پش، یُس ووٚنی وارِ وارِ خستہٕ گوٚمُت چھُ۔ وارِیہن جاین چھُ یہِ پش وٕستھ آمُت۔ ووٚنی چھُ سورُے مکانہٕ وارِ وارِ ویسران، اتھےٚ چھس اکھ لب وٕستھ پیمژ۔ لۄکھ چھِنہٕ شُربن اتھ عمارژ کُن گژھنہٕ دِوان۔ دپان چھِکھ اتہِ چھِ تصرف دار روزان۔ بیٚیہ چھِ لبہٕ وٕستھ پینک خطرٕ تہٕ۔ یہِ عمارت وُچھِتھ چھُ صاف فکرِ تران زِ پرانہِ زمانہٕ کتھہٕ کٔنی آسی لۄکھ عمارژ بناوان۔

## (١٢)

## ڈاکہٕ وول

ڈاک بٲگراون وٲلِس سرکٲری مُلازِمس چھِ ونان ڈاکہٕ وول۔ ڈاک دِٕپتھ گوٚو چِٹھہِ، پارسل تہٕ وارِیاہ سامانہٕ، یُس ڈاک خانن ہُنٛد محکمہٕ اکہِ جایہِ پیٹھہٕ بیٚیِس جایہِ تام واتناوناوان چھُ۔ ڈاک خانن ہُنٛد محکمہٕ چھُ وارِیاہ بوٚڈ۔ پرتھ کُنہِ علاقس منز چھُ امہِ محکمُک اکھ مُلازِم آسان، یُس گرِ پتہٕ گرِ گژھِتھ ڈاک بٲگراوان چھُ۔ أمِ سٕنز کٲم چھےٚ وارِیاہ محنت منگان۔ سُہ چھُ پیدل تہِ پکان، سایکلس پیٹھ تہِ تہٕ باضے پرائیویٹ یا سرکٲری گاڑِ منز تہِ یِوان گژھان۔ ڈاک بٲگراونس منز چھےٚ تس جلدی کرِنی پیوان تکیاز وارِیاہ چِٹھہٕ چھےٚ وقتس پیٹھ واتناونہٕ پیوان۔ اوے

چھُ ڈاکہٕ وول تاپس ، روٗدس تہٕ شینس منز برابر ڈیوٹی دوان روزان۔ أمِس چھےٚ خأکی وردی لٲگتھ آسان تہٕ ہمیشہِ چھُس پھیکِس پیٹھ ٹھیلہٕ آسان الونڈ۔ أتھی ٹھیلس منز چھِ تس چِٹھہِ ، پارسل تہٕ منی آرڈر آسان۔ ڈاکہٕ وول چھُ سماجک اکھ اہم خدمتگار۔

(۱۳)

## میٲنۍ موج

دُنیاہس منز چھےٚ پرٛتھ کانٛسہِ زُو ذٲژ موج ٹٲٹھ آسان۔ موج چھےٚ لول، شفقت، ٹاٹھنیار تہٕ اُلفتُک گنٛج۔ میٲنۍ چھےٚ پنٕنۍ موج ٹٲٹھ۔ سو چھےٚ رفیق تہٕ شفیق۔ ژھاین تہٕ گراین چھم وُچھان۔ کھیاوان چاوان چھم۔ گنڈناوان تہٕ اسناوان چھم۔ مےٚ خوش وُچھنہٕ باپتھ چھےٚ پانس تکلیف برداش کران۔ موج چھم دودٕ تہٕ دانہٕ رٔچھان۔ مےٚ چھُ ماجہِ ہنٛزِ کوچھہِ منز آرام تہٕ قرار یوان۔ میٲنۍ موج چھےٚ صُبحٲےٚ مےٚ تیار کٔرِتھ سکول تام ستی یِوان۔ میون کتاب بیگ تہٕ بتہٕ ڈبہ چھےٚ پانہٕ تُلان۔ ژورِ بجہِ چھم سکول گیٹس نِش پرٛاران۔ میٲنۍ موج چھےٚ کُل عالمہٕ کیٛن شُربن دُعاے خٲر کران تہٕ رُت کانٛچھان۔ سو چھےٚ پانٛژھ وَق نماز پران۔ زانٛہہ چھم نہٕ کران رُعب تہٕ ہنہٕ دژٕنہٕ۔ دوہے چھم رٕژر رٕژٕ کتھہٕ ونان۔ بہٕ چھُس خداصأبس منگان زِ میٲنۍ موج گژھہٕ وارکار روزٕنۍ تہٕ پرٛتھ أکِس گژھہِ

ماجہِ ہُنٛد سایہِ پوشُن۔ ماجہِ ہنٛز نصیحژ پٔٹھ گرٛژھہِ ہمیشہِ عمل کرٕنۍ۔ میانہِ ماجہِ چھِ محلکۍ شُری آپہٕ ونان۔

(۱۴)

# جنگلن ہٕنٛدۍ فأیدٕ

جنگلن ہٕنٛدۍ فأیدٕ چھِ بے شُمار۔ گوڈنیتھے چھِ یم زمینٛچ شوٗب۔ قودرتی خوبصورتی منٛز چھِ ہُر بٕرکران۔ أزۍ کس زمانس منٛز چھےٚ جنگلن ہنٛز اہمیت زیادے ہُریمژ تکیازِ انسان چھُ ہتہٕ بدبوٗ ؤریو پیٹھہٕ جنگل ژٹان آمُت۔ وونۍ ییلہِ واریاہ جنگل موکلے یِہ تہٕ امیُک رنٛگہٕ رنٛگہٕ ناکارٕ اثر لوٚگ نوٚن نیرنہِ۔ انسانس ہیوٗتُن افسوس گرٛھُن۔ اَوے چھُ از ونہٕ یِوان زِ ونن گرِو رأچھ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کُلۍ نوٗرأوِو۔

دپان"ان پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشہِ" چھُ حضرت شیٚخ العالم سُنٛد دوٚپ۔ یاتہِ چھُ ونہٕ یِوان زِ "وَن چھُ تہٕ اَن چھُ"۔ یِہ چھُ بلکُل پوٚز تکیازِ ونن منٛز چھِ کُلۍ آسان وُہرۍ ؤریس سبز۔ یِم کُلۍ چھِ روٗد موٗلوکنۍ پانس اندر شروٗ پراوان۔ امہِ ستۍ چھُنہٕ ونن تہٕ پاتھلبن منٛز زمینُک پیٹھم تہہ رُڑٕ گرٛھان۔ روٗد وونۍ چھُ زمینس اندر محفوظ روزان۔ ربتہٕ کالہِ ییلہِ سگہٕ وانٛچ کمی چھےٚ سپدان تہٕ زمیندآری خأطرٕ چھُ ژوٚر آب ضروٗرتھ پیوان۔ زمینہ تلُک آب چھُ کولن تہٕ ناگن ہنٛد آبُک سوٗتھر ڈنٛجہ تھوان تہٕ

خشک سأئلی چھنہٕ زیادٕ اثر کران۔ وٕنن ہنٛدی کُلۍ چھِ سٔہلاب زور کم کرنس منٛز تہٕ مدد کران۔ کُلۍ چھِ روٗد والنس منٛز، ہوا صاف کرنس منٛز تہٕ ماحول ڈٲنچہِ تھاونس منٛز مدد کران۔ کُلۍ چھِ کاربن ڈایکسایڈ شرٕ پراوان تہٕ آکسیجن پأدٕ کران۔

وٕنن منٛز چھِ بٔڑی بٔڑی گاسہٕ مأدان۔ یِمن مأدانن منٛز چھِ چاروأے گاسہٕ کھسوان۔ وٕنو منٛزٕ چھےٚ لٔکر تہٕ جڑی بوٗٹہِ تہٕ سپدان حأصل۔ وٕن چھِ جنگلی حیوانن تہٕ جاناوارن ہنٛز روزن جاے۔ وٕنن منٛز چھُ سکوٗن حأصل سپدان۔ وٕنن ہنٛز رأچھ کرٕنۍ چھےٚ سٔبٹھاہ ضروری۔

(۱۵)

# ماحولٕچ اولوٗدگی

اولوٗدگی گوٚو شوٚزر تہٕ صفأیی نہ روزٕنۍ۔ رل گرٕ ہتھ ناصاف گژھُن۔ صاف ماحول چھُ زندگی ہنٛز ضمانت۔ ماحول ڈٲنچہِ تھونس منٛز چھےٚ زمین، بال، وٕن، موسم، افتابٕچ گرمی تہٕ گاش تہٕ کُلۍ کٔٹ مدد کران۔ صاف آبس منٛز ییٚلہِ گرن ہُنٛد بدرَو، ژھوٚٹھ تہٕ ژھیٚٹھ رلان چھُ سُہ چھُ اولوٗدٕ سپدان۔ یوٚہے آب چھُ زُو ذأژن ہنٛزِ زندگی باپتھ زہر بنان۔ تِتھے پأٹھۍ چھُ شورتہٕ کرٛکہٕ ناد ماحولس اولوٗدٕ کران۔ کارخانو منٛزٕ نیرن وول دٕہہ تہٕ کثافتی مواد چھُ قدرتی ماحول باپتھ خطرناک۔ ریلہٕ، گارِ، جہاز، ایٹمی دھماکہٕ تہٕ بٔڑی بٔڑی کارخانہٕ چھِ ہُرراوان ہوٚہس منٛز اولوٗدگی۔ امہٕ سٟتی چھےٚ اوزوٗن سطح

خراب گڈھان۔ اتھ چھِ ژ‌ٕدی گڈھان تہٕ افتاب چہ ژ‌ٕژچھےٚ چھانٹہٕ پٮ۪ٹھ وراۓ زمینس پیٹھ وأتتھ واریاہ بمارِ پھأٹلاوان۔

ماحول گژھہِ اولوٗدگی نِش صاف روزُن۔ امہِ خاطرٕ گژھہِ وَنن راۓ چھ سپدنی۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کُلی گژھن نُوراونہٕ ینۍ۔ ژھوٹھ پزِ زمینس تل دوبراوُن۔ شور تہٕ دِ ہہ گژھہِ کم کرنہٕ یِن۔



(۱۶)

## سوٗنتھ

سوٗنتھ چھُ سبزارُک تازٕ ہوٗک تہٕ پوشن ہُنْد موسم۔ وٮ۪نۍ پتہٕ چھُ سوٗنتھ یِوان۔ یہِ موسم چھُ مارچ، اپریل تہٕ مئی رٮ۪تن تام روزان۔ اتھ موسمس منٛز چھِ کُلن بامن پھٹان، کولن آب ہُران، باغن پوش پھولان، ہوٚہس منٛز تازگی پاٚدٕ گژھان۔ سوٗنتہٕ ہوا چھُ ہوٚکھی منٛس درٛمنس نوٚو زوٗ دِوان۔ زمین چھےٚ زن ووتھان نوِ سرٕ ہندرِ۔ سوٚت سوٚت تاپھ چھُ کران واریاہ خوش۔ شُری چھِ یِوان وو کُسنس۔ زمیندار چھِ وارٕن بیول وَوان۔ اتھ موسمس منٛز چھےٚ گژھان زندگی زٔنتہٕ دُوبارٕ شروع۔

کٔشیرِ ہُنْد سوٗنتھ چھُ زیادے مأری موٚند۔ جاناوار چھِ بول بوش کران۔ مرگہٕ تہٕ نیری چھِ جیلان۔ سألانی چھِ یِوان دوٗرِ دوٗرِ پیٹھہٕ۔ ہاؤس بوٹ تہٕ ہوٹل چھِ سجاونہٕ یِوان۔ سنٛڈ جہِ پھُلے تہٕ بادام پھُلے چھےٚ دِل نِوان۔

# کینٛہہ درخواست تہٕ چِٹھہِ

۱۔ یارس لیکھِو چِٹھی یتھ منٛز تُہنٛہِ وورُسُک حال باونہٕ آسہِ آمُت۔

ریشی بازار اسلام آباد

15 مارِچ 2009ء

میٛانہِ ٹاٹھہِ یارٕ تاثیر صأبہٕ

السلام علیکم

خدا بوٗزِن وارٕ کارٕ آس۔ راتھ پیوٚ ہم یادتہٕ از چھُس یہِ چِٹھی لیکھان۔

بہٕ اوسُس راتھ دوہس ریٛش مألی صأبُن وورُس وُچھنہِ گوٚمُت۔ اتہِ اوس لُکہٕ ارساتھ۔ کم کم چیزٕ آسی کنٛنی۔ طرفاتو پیٹھہٕ آسی دُوکاندار آمٕتی۔ استأنس منٛز اوس لوٗکن ہُنٛد رَش۔ بازر اوس سجاوِتھ۔ أکِس انٛدس کُن اوس بأزی گر تماشہٕ چلان۔ پہلوان دِب تہٕ اوس وُچھُن لایق۔ پرٛیتھ انٛدٕ اوس شور۔ تمی ساتہٕ گوم دِلس زِ ژٕ تہِ گوٚژھکھ مے سیٛتی آسُن۔ یوٚژھے خداین نوِ وٕری یہِ گژھہٕ نہٕ بہٕ ژٕے ورأے یہِ وورُس وُچھنہِ۔

چون یار

توقیر احمد

۲/ ہیڈ ماسٹر صأبنہِ ناوٕ لیکھو درخواست یتھ منٛز سکوٗلس منٛز بچن ہنٛز اکھ ریڈکراس کمیٹی قائیم کرنُک اِجازت منگنہٕ ییہِ؟

بخدمت جناب ہیڈ ماسٹر صأب گورمنٹ مڈل سکول عثمقام

جناب عالیٰ

اسہِ توٚر کلاسس منٛز ماسٹر جین فکرِ زِ ریڈکراس کمیٹی ہنٛد فأیدٕ کیاچھُ۔ اکھ أکِس اکار بکار یِنہٕ باپتھ تہٕ مصیبت وِزِ اتھہٕ روٚٹ کرنہٕ باپتھ چھِ أسی یژھان سکوٗلس منٛز اکھ ریڈکراس کمیٹی قائیم کرٕنی۔ امہِ خأطرِ دِی تو اسہِ اجازت تہٕ بیٚیہِ کٔری تو رہنمأیی۔ ووٚمید چھےٚ زِ جناب کرن نہٕ اسہِ ناووٚمید۔

تُہٕنٛدی تأبعدار

أٹھمہِ جمأژہٕنٛدی طالب علم

۳۔ ڈاک خانہٕ کِس افسرس لیٚکھِو چِٹھۍ یتھ منٛز علاقہٕ کِس ڈاکہٕ

وألی سٕنٛزِ رٕژِ کامہِ ہٕنٛدی تعریف آسن کرنہٕ آمٕژ ؟

عشمُقام اننت ناگ

11 نومبر 2009ء

محترم پوسٹ ماسٹر صأب عشمُقام

السلام علیکُم

عرض چھُم یہِ زِ سانہِ علاقُک ڈاکہٕ وول محمد یوسف چھُ پٕزی پأٹھۍ محنتی

تہٕ ایماندار۔ سُہ چھُ پرٕتھ کأنسہِ تاں وقتس پیٹھ ڈاک واتناوان۔ شریف

تہِ چھُ تہٕ ذمہٕ دأری نِباون وول تہِ۔ تٔہنٛدِ اتھہٕ رأونہٕ ازتام زانٛہہ تہِ

کانٛہہ چِٹھۍ۔ سُہ چھُ خوش اخلأقی سان پیش یِوان۔ علاقٕکۍ سأری لُکھ چھِ

تٔسنٛزِ کامہِ خوش۔ یُتھ مُلأزِم چھُ عزت افزأیی تہٕ حوصلہٕ افزأیی ہُنٛد

حقدار۔

تُہنٛدی شُکر گُذار

عشمُقامٕکۍ روزن وألۍ

علی محمد سرپنچ سٕنٛدِ ذٔریہِ

۴۔ چیف میڈیکل افسرس لیکھو درخواست یتھ منز تہندس گامس منز میڈیکل کمپ لاگناونہٕ باپتھ عرض کرنہٕ آسہِ آمُت؟

بخدمت جناب چیف میڈیکل آفیسر بڈگام۔

جناب عالی

سائنس گامس منز چھِ خوٗن چہ خرأبی ہنز کینہتام بیمأری نوینٕو۔ لوٗکھ چھِ ہنگہٕ منگہٕ بیمار گژھان۔ اڈہن چھےٚ ژمہِ ہنز بیمارِ نوینٕو تہٕ اڈہن چھُ پھوکھ کھوٗتمت۔ سأری لوٗکھ چھِنہٕ آسن وألی۔ غریبن چھےٚ سخ پریشأنی۔ مہربأنی کٔرتھ لگأوِو تو یتہٕ میڈیکل کیمپ یُتھ بیمارن ملاحظہٕ کٔرتھ بیمارِن ہُند تشخیص کرنہٕ یِیہِ ہے۔ بیمارن یِیہِ ہے علاجس تہٕ پرہیزس متعلق ضروٗری زان کأری تہٕ دِنہٕ۔

نیازمند

محمد احسن بڈگامی

۵/ پرنسپل صائبس لیکھِو اکِہ دوہہ کہِ روخصت خاطرٕ درخواست؟

بخدمت جناب پرنسپل روزیٚ ٹاٹس سکول ورمُل

جناب عالی

مےٚ چھُ پگاہ مُی ہتی سالس گرٛھُن ۔ مامہٕ ترٛس بٲیِس چھُم خاندر۔ ماتا مال گرٛھُن چھُم ضروٗری۔ گُذٲرِش چھم زِ پگاہ دوہہ کہِ باپتھ کٔری تومیٲنِس حقس منٛز روخصت منظوٗر۔

| تٲریخ | نیازمند |
|---|---|
| 5 مئی 2009ء | اُلفت حُسین |

۶/ پرنسپل صائبس لیکھِو درخواست یتھ منٛز ایکسکرشن گرٛھنہٕ باپتھ اِجازت منگنہٕ آسہِ آمٕت؟

بخدمت جناب پرنسپل ماڈرن اِنسٹچوٹ آف ایجوکیشن آکورہ مٹن

جناب عالی

گُذٲرِش چھےٚ زِ ازکل چھُ سوٗنتھ ٹیس پیٚٹھ ۔ سنٛڈ جہِ پھُلے چھےٚ دوٗر دوٗر تام نظرِ گرٛھان۔ بادام پھُلے چھےٚ خوش کران۔ ہوٲہس منٛز چھےٚ تازٕگی۔ خشبوٗ ...

امتحان دیُتمت۔ دِل چھُ پرٛھان دوہس کھنڈس سائنس گرٛھُن۔ مہربٲنی کٔرِتھ دِیو اسہِ اکہِ دوہہ باپتھ ایکسکرشن گرٛھہٕ ٹک اجازتھ۔ یتی چھُ عرض زِ امہِ باپتھ کرناوِی توسارٕی انتظامات۔

تاریخ نیاز مند

20 مئی 2009ء ارسلان کھانڈے

۷۔ پرنسپل صابس لیکھِو فیس معاف کرناونہٕ باپتھ درخواست؟

بخدمت پرنسپل گورمنٹ سینیر سکنڈری سکول پہلگام

جناب عالی

بہٕ جناب چھُس تُہندِس سکوٗلس منز اَٹھمہِ جمأژ پران۔ مول چھُم مرکبان۔ تس چھُ بوٚڈ عیال پالُن پیوان۔ زمین زراعتھ تہِ چھُنہٕ کینہہ۔ اَسی چھِ غریبی ہندی دوہہ کڈان۔ مےٚ نہ چھےٚ کِتابہٕ تہٕ نہ چھُم وقتس پیٹھ فیس بٹان۔ مول چھُم دپان پرُن تراوتہٕ مرکبٲنی کر۔ وون چھم گذارِش زِ اکھ کٔری تو مےٚ فیس معاف بیٚیہِ دِی تو م غریب فنڈ منز کتابہٕ تہِ۔ یُتھ نہٕ مےٚ پرُن تراوُن پیٚیہِ۔ نیاز مند

ولی محمد

۸/ مائِلس لیکھِو کِتابہٕ تہٕ وردی خاطرٕ زٕساس روپیہِ سوزنہٕ باپتھ چِٹھۍ؟

ژرارِ شریف

15 نومبر 2009ء

ٹاٹھہِ اباجانہٕ

السلام علیکم

راتھ ووٗ نٮ۪تھ اسہِ امتحانٕک رِزلٹ۔بہٕ چھُس کلاسس منٛز فٔسٹ دژ امُت ۔ پانژو ہتو منٛزٕ چھم ژور ہتھ تہٕ نمتھ نمبر آمٕتی ۔سارِوۍ ماسٹر جِیو کوٗرُم شاباش۔ممی تہٕ تُہۍ گژھِو ضرور خوش۔مےٚ چھُ ووٕنۍ نٔوِ ی مہِ جماعژ منٛز پرُن۔ نِو وردی تہٕ کتابو باپتھ سۄزِزیو زٕ ساس روپیہِ۔بہٕ چھُس یژھان سارِوۍ برونٛہہ نِٔوس کلاسس منٛز درٕج گژھُن۔

تہُنٛد تابعدار

عدنان کھانڈے

۹۔ پرنسپل صأبس لیٖکھو درخواست یتھ منز جُرمانہٕ معاف کرنہٕ خأطرٕ گُذأرِش کرنہٕ آمٕژ آسہِ؟

بخدمت جناب پرنسپل گورمنٹ سینیر سکنڈری سکول کوکرناگ

جناب عالی

ییٚو اکہِ بچہِ کوٚرُن مےٚ یڈٕ دِود۔ سأری شُری دراہِ رِسَس تہٕ بہٕ تہٕ دراس۔ یڈٕ دود کوٚرنم زیادے تہٕ ژوٚرِ ژوٚر نیم کِتابہٕ بیگہٕ ہٮ۪ن تہٕ پانس ستیٚ۔ پتہٕ آس نہٕ واپس رِسَس موکلتھ ییٚلہِ سأری شُری سکوٗل واپس آیہٕ، کأشُر پرناون وألی ماسٹر جیٖن کٔر حأضری۔ ژوٚرِ ژلنہٕ کٔس جُرمس پیٹھ کٔرنم وُہہ روپیہِ جُرمانہٕ۔ میون مول چھُ غریب۔ سُہ چھُم نہٕ فیس ہیٚکان دِتھ تہٕ جُرمانہٕ کتہٕ دِیہٕ! بہٕ چھُس پننہِ غلطی پیٹھ معأفی منگان۔ مہربأنی کٔرِتھ کٔری توٚہۍ جُرمانہٕ معاف۔ آیندٕ کرٕ ہانہٕ زانٛہہ تہٕ یژھ غلطی۔

تأریخ

نیازمند

10 جون 2009ء

رئیس احمد أٹھم جماتھ

۱۰/ یارس لیکھو چِٹھی یتھ منز امتحانس منز پاس گژھنہٕ باپتھ مُبارک گَری وۄس؟

ٹنگمرگ

8نومبر 2009ء

ٹاٹھہٕ یارٕ

السلام علیکم

أدی بۄ زُم ژےٚ چھتھ سُتی مہِ جمأژہُنٛد امتحان پاس کوٚرمُت۔ مامہٕ ٹاٹھی وۄنُم زِ ژےٚ چھی سارِنٕے ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ نمبر آمتی۔ بہٕ گوس سیٹھاہ خوش۔ میأنی مُمی تہِ گیہِ خوش تہٕ بہن جی تہِ۔ أسی سأری چھی ژےٚ مبارک کران۔ بروٗنہہ کُن تہِ گرِی زِ محنت۔

چون یار

محمد اقبال

# سوال نامہ

## (نومبر 2009ء)

گوڈنیُک سوال: یمو عنوانو منزٕ لیکھِو اَکس عنوانس پیٹھ مضمون؟

میون دوس، نشاط باغ، میون سکول، ہرُد (10)

دوٚیُم سوال: پرنسپل / ہیڈ ماسٹر صابس لیکھِو جُرمانہٕ معاف کرناونہٕ خاطرٕ در خاس؟

یا

ماۍلِس لیکھِو کتابن، وردی تہٕ فیسہٕ خاطرٕ ژٕ ساس روپیہِ سوزنہٕ باپتھ چِٹھ؟

ترٛیُم سوال:

(ا) دوٚن لفظن لیکھِو معنہِ تہٕ ورتاوِیوٚکھ جُملن منزٕ؟

سورٕگ، یۄڑل، اڑٕ مور، شوٚژ۔

(ب) ژٕ محاورٕ گریوٚکھ جُملن منزٕ تِتھٕ کٔنۍ استعمال یُتھ معنی ہاون۔

ووٹہِ اتُن، اَچھ منزٕ کِٹُر، اسمانہٕ پیوٚن، روخ پھِرُن۔

ژوٚرِم سوال: (ا) بوٚنہِ مۆ جُملو منزٕ ژاۍرِو باوُت (صفت) صرف ژٕ:

سُہ چھُ جان لَڑکہٕ، یہِ چھےٚ رٕژ کتاب، ژٕ چھُکھ شریف موہنیوٚ (2)

(ب) یمو جُملو منزٕ ژاۍرِو پتھ کال (Past Tense) از کال Present Tense تہٕ بنہٕ وول کال Future Tense بوٚن بیوٚن؟

پگہہ آسہِ تاپھ، شُری چھِ سبق پران، سُہ اوس پرُس دِلہِ گومُت (3)

پٔنژِم سوال: (ا) ترٛیٚن لفظن ہِندی متضاد لیٚکھِو؟ صُبح، توٗرُن، شوٗژ، دوہس، شِہُل (3)

(ب) نرناوِتس مقابلہٕ لیٚکھِو ماد ناوِتس مقابلہٕ لیٚکھِو نرناوُت (صرف ترٛےٚ) بطخ، پٔژ، ہاپُت، کراٰل، پوپھ، وژھر۔

(ج) واحد ناوتیٚن مقابلہٕ لیٚکھِو جمع تہٕ جمع ناوتیٚن مقابلہٕ لیٚکھِو واحد (صرف ترٛےٚ) کوٗر، ژوٗنٹھ، ژیر، گر، واگن، پژھی۔ (3)

شیٚیم سوال: "یاژ" تہٕ "ہاژ" لفظن چھےٚ ہشی آواز۔ امی آوازِ ہِندی ژور لفظ لیٚکھِو؟

سٔتم سوال: خٲلی جایہِ برٛو مناسب لفظو ستۍ

(ا) ون چھُ تہٕ.............. چھُ۔ (۲) ہمتھ گیہ..............۔

(۳) محل خانس.............. چھِ بیا کھ مندرو (ہمتھ، نکھے، ان) (3)

ٲٹھِم سوال: ترٛیٚن سوالن لیٚکھِو جواب:

(ا) وتستا کتھ چھےٚ راچھ؟

(ب) ہوٲیی جہازِ کہِ گوڈنِکہِ کامیاب وُڈوُک تجربہ کٔمۍ کوٗر؟

(ج) خانقاہ معلیٰ کتھ جایہِ چھُ واقع؟

(د) اَن پوشہِ تیلہِ ییلہِ وَن پوشہِ" کہنٛد دوٚپ چھُ؟

(ھ) آثارِ قدیم کتھ چھِ وَنان (و) بڈشاہ سُند اصل ناو کیا اوس؟

[illegible]م سوال: سبقُک حوالہِ دِتھ لیٚکھِو دو یومِنٛز اَکس نثر پارس شِلیس؟ (3)

(ا) ہوٲیِ جہاز چھُ واریاہ فأیِد مٔنز۔انسان چھُ ہیکان اتھ مٔنز ربتن ہُنٛد سفر گاٹٛن مٔنز تہٕ گاٹٛن ہُنٛد سفر مِنٹن مٔنز کٔرِتھ۔ سفر کرن وأِلس چھُ آرام میلان۔ جنگی جہاز چھُ جنگن دوران کامہِ یِوان لاگنہٕ۔ وونی چھِ پایلیٹ ورأے جہاز تہِ بناونہٕ آمتی۔

(ب) عام پأٹھی چھِ أکِس گنٛس مٔنز اکھ رأنی آسان۔ یہِ چھےٚ ٹھوٗل تراون واجیٚنۍ وأحد ماد ٕ تُلر۔ یِہنٛدِ وٕ ے ٹھوٗلو مٔنزٕ چھِ ترٛشوٕنی ٕقسمن ہٕنٛز تُلرِ نیران۔ انگریزیَس مٔنز چھِ أمِس Queen تہٕ کأشرِ پأٹھی ''رأے'' یعنی رأنی ونان۔

دٔہم سوال: شأعر سُنٛد حوالہٕ دِتھ کٔرِو أکِس شعرس وضاحت؟

سونہٕ ہیٚنٛدی سنگر روپہٕ کوہ مالہٕ<br>
مرگہٕ تہٕ بال چھِ پوٗشی پوش

یا

گران اعلان چھُس وٕلی وٕلی مےٚ مأرِو<br>
گرٛھان کورٕ بن بہٕ چھُس ادٕ ستی وأرِو



## یتھ گائیڈس منز

۱۔ سوالن ہندی جواب۔
۲۔ سبقن ہندی خُلاصہٕ۔
۳۔ مُشکِل لفظن ہندی معنے۔
۴۔ ضروٗری گرامر۔
۵۔ شُراہ ضروٗری مضمون۔
۶۔ کیٚنژھہ ضروٗری چِٹھہٕ۔
۷۔ کیٚنژھہ ضروٗری درخواست۔



پیس پبلیکیشنز

دریا گنج دہلی ۲